

فیاض تِلہٕ گامی

## ازتام چھپیمٕژ کِتابہٕ

۱) فتح کزال (تحقیق) ۱۹۷۳ء

۲) گاشہِ تارکھ (بچّین ہندِ خاطرٕ) ۱۹۸۴ء

۳) لاجواب (شعرٕ سۆمبرن) گوڈنیک ایڈیشن ۲۰۰۳ء

دوُیم ایڈیشن ۲۰۰۶ء

ترٛیم ایڈیشن ۱۸-۲۰۱۷ء

۴) کُلیاتِ رزاق ڈار (أکِس صوفی شأعر ہنٛز شعرٕ سۆمبرن) ۲۰۰۵

۵) نشاط انصاری (مونوگراف، ساہتیہ اکیڈیمی دہلی) ۲۰۱۱ء

۶) پٔزِ بزلۆنی تارکھ (نثرٕ سۆمبرن) ۲۰۱۳ء

۷) ہَن ہَن تلاش (دۆیم شعرٕ سۆمبرن) ۲۰۱۹ء

۸) کمراز کُر گُمنام شأعر (تحقیق) منسٹری آف کلچر نیو دہلی)

زیرِ اشاعت

۹) حرف حرف چھُ نعت خوان (نعتیہ سۆمبرن)

۱۰) گُرِ وآلو حسینسٕ (حسینیؑ نظمن ہنٛز سۆمبرن)

۱۱) أسی چھِ پلکھٕکی پاسبان (بچن ہندِ خاطرٕ)

☆☆☆

# ہَن ہَن تلاش

(شعرٕ سۆمبرن)

پرٛتھ سراپا جستجو ، ہَن ہَن تلاش
پرٛتھ نظر ییٚتہِ مُنتشِر ، چشمن تلاش
راتھ تامتھ لیٚوکھ مےٚ چوٗنُے ناو ہیٚتھ
از چھُ عنوانٕک یَمن وَرقن تلاش

فیاض تِلہٕ گامی
تِلہ گام (پٹن) کشمیر

| | |
|---|---|
| کِتابہِ ہُنٛد ناو | ہَن ہَن تلاش |
| مُصنف | فیاضؔ تِلہٕ گامی(8491834223) |
| گوڈنیُک چھاپ | 2019 عیسوی |
| کمپوزِنگ | TFC**سنٹر** سرینگر2473818 |
| تیداد | 500 |
| مول | 500روپیہِ |
| چھاپ خانہٕ | **الحیات** پرنٹوگرافس سرینگر |

***HAN HAN TALASH***

(Poetry Collecetion)

***by :***

**Fayaz Tilgami**


## کتاب میلنُک نیب


☆ فیاض تِلہ گامی، میر کالونی (تلہ گام موڑ) تِلہٕ گام پٹن کشمیر۔9419541758

☆ کتاب گھر لالچوک، سری نگر

☆ TFC بکس سرینگر 7006575292

# ترتیب

❑❑❑

# انتساب

پنٕہ نِس ٹاٹھِس فرازِ نہِ ناوِیٔمُ سنٛز آش چھَم
زِیہِ رٕژھراوِمیٲنٛ خاب تہٕ ہلما وِیٚمن خابن ہنٛدی تعبیر

فیاض تلہِ گامی

بہٕ چھُس ریاستی کلچرل اکیڈیمی ہنٛدِ تمہِ کم کاسہٕ مالی اِمدادِ خاطرٕ شُکر گُذار، یُس
یہِ کتاب چھاپنہٕ خاطرٕ امہِ ادار کہِ طرفہٕ مےٚ حاصل سپُد۔ کتابہِ ہنٛدِس موادس
متعلق چھُس بہٕ پانہٕ ذمہٕ وار۔...........فیاض تلہِ گامی

# گوڈٕ کتھ

پزٕ رچھُ یہِ زِ میٲنؠ دوٚیم شعرٕ سوٚمبرن گژھہٕ آسنؠ مےٚ زٕ ترٛےٚ ؤری برونٛہہ چھاپنہٕ ، مگر اتھ ژیر گژھنس اوس اکھ خاص وجہ یہِ زِ بہٕ اوسُس کینژہ وؤری یو پیٹھٕ سخ بیمار ۔ پھِری پھِری اوسُم زہِ و پیٹھٕ پنُن یہِ شعر یوان

کانٛہہ طبیبے چھُم نہٕ ووٚنؠ نظرے گژھان
چشمہٕ چھُم لجمٕژ درس سخ دود چھُم

امہِ داد ژُگ اثر پیٚو میٲنس قلمس ہتیٚ ہتیٚ میٲنس یاداشتس تہٕ ۔
مےٚ اوس زن تہٕ پنُن سورُے روٚو مُت ۔ ۲۰۱۴ عیسوی یس منٛز کوٚرُکھ مےٚ دِلہِ ہٕندِس أکِس پرایوٹ (Private) ہسپتالس منٛز گلس آپریشن ۔ دوستو، احبابو تہٕ ادب نوازو کٔری میٲنہِ خاطرٕ دُعا ۔ اللہ تعالیٰ ہن کٔری یم دُعا قبوٗل ۔ آپریشن روٗد کامیاب تہٕ بہٕ ہیوٚتنس وارٕ وارٕ شفایاب سپدُن ۔ صحت ہیوٚتُن کُنہِ حدس تام ٹھیکھ سپدُن تہٕ خوش قسمتی کِنؠ آیہِ مےٚ پننہِ یاداشہِ واپس ۔ امی یادٕ وٚتٕری وُزٕ ناوِ میٲنہِ آدنچہِ یادٕ تام ۔ مےٚ باسیوو زندگی ہُنٛد روٗدٕ مُت خوشگوار موسُم آو دُبارٕ تہٕ بیٚیہِ آس وجدس ۔ پننؠ ادبی شوقن وُزنووُم اِحساس ۔ پنُن روٗدٕ مُت ہیوٚتُم لبُن ۔ أمی شوقن تہٕ

اېحٕساسن کٔڈنم اِظہارٕ چ کل تہٕ پٔژن یہِ شعر پیٛوم ژتٕس

مےٚ دوٚپ پھُٹراوِ خاموشی تہٕ ونہٕ ہکھ
زِنٛدے چھُس از تہِ چھُس تِلہٕ گامہٕ روزان

پٔنٕنۍ یہِ شعرٕ سوٚمبرن ترتیب دِنہٕ خاطرٕ تُلم قلم ۔شُکر اللہ تعالیٰ ہس کُن بہٕ سپُدس یہِ سوٚمبرن ترتیب دِنٕس منٛز کامیاب ۔امہِ پتہٕ روٗدُس بہٕ پننہٕ نٕبن شعرن منٛز یمہِ کِتابہِ ہُنٛد ناو تلاش کران تہٕ تلاش کران کران روٗدُس بہٕ پننہٕ نِس یتھ شعرس ؤنۍ دِوان

پرٕتھ سراپا جستجو ہَن ہَن تلاش
پرٕتھ نظر ییٚتہِ مُنتشِر چشمن تلاش

یتھٕ کنۍ ژورمےٚ پننہِ دوٚیمہِ شعرٕ سوٚمبرنہِ ہُنٛد ناو ''ہَن ہَن تلاش'' ۔
بہٕ روٗدُس ؤنۍ دِوان زِ یہِ کتاب ترتیب دِنٛچ کأم شروٗع کرنہٕ پتٕھ مُکمل کرنس تام ماپیٚیہِ مےٚ کأنٛسہِ ہُنٛد شُکریہ ادا کرُن ۔اتہِ روٗدُم پھِری پھِری زِ بوٚ پتٕھ پٔژن یہِ شعر یوان ؎

ہیٚوٗمس منٛز بہٕ پرٕ زٕنوٗس نہٕ کأنٛسیے
بےٚ پرٛژھ شہرس اندر کُن پان روٗوم

فیاضؔ تِلہٕ گامی
تِلہٕ گام (پٹن) کشمیر



# حمُد

بجر چون عنواں ربُ العالمین چھُکھ
حمُد چھُس بہٕ لیکھاں ربُ العالمین چھُکھ

سبٕتھاہ چھُے ژےٚ آسُن ژٕ مختارِ کُل چھُکھ
ژےٚ عالم مدح خواں ربُ العالمین چھُکھ

چھٔلِتھ زبٕو چھِ اچھرن جراں کاکذن پیٹھ
قلم شوقہٕ پأراں ربُ العالمین چھُکھ

حسیٖن منظرن منٛز چھُ اِظہار چونُے
ژٕ پرٕتھ شایہِ تاباں ربُ العالمین چھُکھ

ژٕ کتہِ چھُکھ نہٕ روزاں، ژٕ کس چھُکھ نہٕ بوزاں
ژٕ کُس چھُکھ نہٕ سوزاں، ربُ العالمین چھُکھ

نبُن تارکن ، زوٗنہِ ہُند آفتابُک
نبس چون احساں ، ربُ العالمین چھُکھ

خلاَیق ، ملاَ یک ، دیاں اسہِ چھُ خاَلِق
ژِ ماَلِک ، مہربان ، ربُ العالمین چھُکھ

زمیں آسماں ، کُل جہاں ہے چھُ چونے
ژےٚ کُس پچھے نہِ زاناں، ربُ العالمین چھُکھ

ژِ پیغمبرن ، مُرسلن ، انبیاہَن
پننِۍ راز باواں ، ربُ العالمین چھُکھ

نبیؐ نازنینس رسوٗلِ کریمسؐ
بخشُمُت ژےٚ فُرقاں، ربُ العالمین چھُکھ

ازل کیٛا ، اَبد کیٛا ، زماں و مکاں کیٛا
عقل اتہِ چھِ حاَراں، ربُ العالمین چھُکھ

عظیمس، رحیمس ، منگاں چھُس کریمس
فیاضسۍ دِ ایماں ، ربُ العالمین چھُکھ

☆☆☆

۲۶/جون ۲۰۱۵ء

# شریکہ رؤس عظیمؑ چھُکھ

عرش چھُ با خُدا گرزاں
فرش چھُ یا خُدا پران
ہوا تہِ لا اِلا پران
فِضا تہِ لا اِلا پراں

شریکہٕ رؤس عظیم چھُکھ
ژٕ سارِنےٚ رحیم چھُکھ
مَلک تہِ اِلتجا کراں
خلق تہِ چھِی ثناء پران

حبیب چھےٚ ژےٚ مُصطفاؐ
سُہ مُرسلن چھُ پیشوا
سُہ ناو ہتھ بہٕ یک زباں
درۄدِ انبیا پران

ژِ ابتدا ژِ اِنتہا
چھِ شش جہات اتھ گواہ
حرف حرف چھُ در قُرآن
مقامِ کِبریا پران

عشق پران خلیلؑ اللہ
صبر پراں ذبیحؑ اللہ
خلوٗصہٕ محبتچ اذاں
زمانہٕ جا بجا پران

رفاقتھا ، عنایتھا
ژِ کر تہٕ رحمتچ نِگاہ
ژےٚ کُن زمین و آسمان
دوٚہے یہے دُعا پران

☆☆☆

# دُعا

بۂ چھُس عاأجِز ژٕ بوزُم زار یا رب
ژٕ ےٚ روٗس بێیہِ چھُم نہٕ کانٛہہ غمخار یا رب

چمن چھُم ہرٕدِ بُزی گومُت بخشتم
گُلن ہُنٛد مأری موٚند انہار یا رب

بےٚ پرٕژھ واوَس اندر چھَم ناو لجمٕژ
ژٕ یتھ سٕدرس دِتم ووٚنی تار یا رب

زمانن تروٕمُت پرٕژھیوٚن گأرِتھ چھُس
غمو کوٚرمُت بۂ چھُس لاچار یا رب

بۂ اکھ بے بس بَشر آلو دِواں چھُس
ژٕ چھُکھ دون عالمن مختار یا رب

ژٕ کر نظرِ کرم روشن مےٚ سپدن
حیاتکۍ بے بہا اسرار یا رب

قدم چھِم لوٗءسمِتی مُشکل سفر چھُم
ژٕ واوُک ہیوٗ دِتم رفتار یا رب

وَچھس منٛز اورِزوٕ دَم پھُٹیٚ گمِتی چھِم
شفا بخشُم بہٕ چھُس بیمار یا رب

دوہس راتس مےٚ بخشاں چانٛی پژھ چھَم
رُحس فرحت ، دِلس شیہجار یا رب

پھَلے قلمس دِتم بے کس فیاضسٓ
پھولن سوخنن مےٚ مُشکٕنی دار یا رب

☆☆☆

۱۹۹۳

# عرضی

واوِ مےٚ کٕٹیت صدقاتھ ژٕ منٔگی زبس
نظرِ کرم خأراتھ ژٕ منٔگی زبس

یِیٚتہٕ چھِ دزاں طرفاتھ ژٕ وٕنی زبس
گٔرٛھی وٛن بٕچھنی کھنڈراتھ ژٕ منگی زبس

گٹہٕ پٔچھی وَچھ چھُم أندریٖ ژۄٹھُمت
نوراٮ۪چ اکھ راتھ ژٕ منگی زبس

یِرٕنی ناوا چِرٕوُن دۄٕل چھُم
کیٚنژھا بچِہ ٮ۪چ باتھ ژٕ منگی زبس

کولہٕ کیٛا مولہٕ وَن ناگ چھِ ڈٕدیٕمتی
سوٚنٛچ اکھ رُدٕ راتھ منگی زبس

سر ترأوِتھ پادن تل وٕنہٕ ہس
حال پٔنُن تیُٹھ ساتھ ژٕ منگی زبس

نعت لیٚکھُن کٔیُت اِدٕ فٔرِی اِدٕ فٔری
لفظن ہُنٛد سوغاتھ ژٕ منگی زٕبس

دارِ مُژٕرنس ڈھاکھ مےٚ ٹُلہٕ ہن
گٔرٛھی مےٚ تِتھی حالات ژٕ منگی زٕبس

میٹھِ وُٹھن پپٕٹھ ناوٕ مدینُک
کریٹھِ نہٕ کیٛنٛہہ سکراتھ ژٕ منگٕی زٕبس

وٕنی زٕبس لَس چھِ وٕنؠ زٕبوٕ تہِ کلیمٕژ
بیٚیہٕ سو پٔنٕنی کتھ باتھ ژٕ منگی زٕبس



# نعتِ شریف

لَیکھاں یٚیلہِ چھُس تہٕ چھُکھ مُشکاں مےٚ حرفن یا رسوٗل اللہؐ
پراں یٚیلہِ چھُس تہٕ چھُکھ ناپاں مےٚ ورقن یا رسوٗل اللہؐ

یَمن کوچن چھِ شیٚہلتھ از تہِ تھُندٕ ن پایہِ نازن ہٕنٛز
تَمن کوچن ڈُوَن چھُم شوق چشمن یا رسوٗل اللہؐ

ژٕ اکھ ڈٕ بکہٕ بوٚڈ چھُ یُس عرشس تہٕ فرشس دوٚشوٕنی محبوٗب
یہِ عظمت چھُس پراں پھِری پھِری سِپارن یا رسوٗل اللہ

مےٚ کیٚا چھُم ڈالہِ سوزُن کیٚت ، ون گوٚو اکھ شادمأنی چھَم
دروٗدو نعت چھُس سوزاں بہٕ لولن یا رسوٗل اللہؐ

بٕرُ چھُنہٕ زوٗنہٕ افتابس زِ اِظہارن تھُند آسُن
زبان عأجز تہٕ باوَژ بل نہٕ لفظن یا رسوٗل اللہؐ

جمالٕچ تہُنٛدِ خدٕ خالٕچ بہٕ کُس تشبیہہ جرن شعرن
توٗ ہیے تارکھ نبٕکی تاباں چھِ قدمن یا رسوٗل اللہؐ

دِلس منٛز زوٗل آشَن ہُنٛد وُٹھن پیٛٹھ یا محمدؐ چھُم
أچھن تل چھُم پناہ چونٛے مےٚ دامن یا رسوٗل اللہؐ

دِلن ہُنٛد ژٕرے تمنا چھُکھ تہٕ ذِکرن ہُنٛد مُدعا ژٕرے چھُکھ
دوٚہس راتس سحر وقتن تہٕ شامن یا رسوٗل اللہؐ

فیاضسؔ ستھ چھِ چاأنی بس چھُ کیٛا بیٛیہٕ شاأعرس حاأصِل
ہلم داأرتھ چھُ دِس کیٛنٛژھا ژٕ صدقن یا رسوٗل اللہؐ

☆☆☆

۴/اکتوبر۲۰۰۸ء

# نعت

دِلے چھُ بُلبُلن وُزاں صلو علیہ دایما
رنگن اندر چھِ گُل ژھٹان صلو علیہ دایما

چمن چمن چھُ مُشکبار بُرگ بُرگ چھُ تابدار
چھِ شوقہٖ جانور گیواں صلو علیہ دایما

ژٕ چھُکھ تہٕ چھُم صُبح پھولاں چھِ چانہٖ موکھٕ شفق وِساں
ژٕ روتلبن تہِ چھُکھ گہاں صلو علیہ دایما

فلک سِتارٕ آلواں مَلک ژٕے کیُت زوٗل کراں
خلق چھِ لولہٕ ساں پراں صلو علیہ دایما

ژٕ چھُکھ تہٕ آسنُک سبب چھُ چون عالمٕے عجب
ربس اَوے چھُ خوش کراں صلو علیہ دایما

زمین کیٛا وٕ آسمان وتن وُچھاں ژٕے لا مکاں
خُدا ژٕے پانہٕ میزباں صلو علیہ دایما

ہوا ژھٹاں امار چون فِضا چھُ ہتھ خُمار چون
بہار موسمن تھ‌کان صلو علیہ دایما

دِلن رچھاں ژِ آش چھُکھ رُحن سکوٗنہِ راش چھُکھ
گٹن ژِ گاش چھُکھ دِواں صلو علیہ دایما

پرٛژھو مہِ کاٗفیت چھِ کیٛا یہِ میچھرے چھُ بے بہا
یِواں تیٚتھے چھُ بر زباں صلو علیہ دایما

یہِ چھُس بےٚ بس تہٕ ناتواں ون گوڈ‌کس مےٚ چھُم نِشان
مےٚ پوٗشی تن یہِ پڑھ تہٕ شان صلو علیہ دایما

ژٕےٚ کیٛت نیاز چھُس تھواں پٔنُن یہِ سر یہِ زوٗ تہٕ جان
فیاضؔ چون نعت خان صلو علیہ دایما

☆☆☆

۱۷/مارچ ۲۰۰۷ء

# نعتِ شریف

شوقن چھُ گوٚمُت واو ظٔہری سوے مدینہ
مُشکان اگر چھَس تہٕ چھِ خوشبوے مدینہ

پربزلاں چھُ تِمٕس خوش نصیٖبس مأری موٚند انہار
پُر خاب أچھو ڈیوٗٹھمُت یُٔی روے مدینہ

شیٖہجار چھُ انوار تسُنٛد تاپرٕن بخشان
سأراب صحراون چھِ کراں جوے مدینہ

چھُس محبتن لیٚکھاں بہٕ یتھُے ٹوٗٹھ محمدؐ
حرفن چھِ پھولاں گل تہٕ گُلن بوے مدینہ

لاچار گڑھاں چھُس تۂ رچھان چھُس بۂ تسۂنز آش
نپۂ نوومُت یُٔی ماہ جبیٖنن روے مدینہ

پرٛتھ ساتۂ وُٹھن پپٹھ مےٚ یِواں چھُم سُہ تسُنٛد ناو
پرٛتھ ساتۂ دِلس چھُم سُہ نِوان سوے مدینہ

دَے بوزِ ہسم مےٚ تہِ نیرِ ہم أندریُم یہِ تمنا
بۂ تہِ واتۂ ہا کُنہِ ساتۂ اگر کوے مدینہ

☆☆☆

۲۳/دسمبر۲۰۱۵

# عیدِقربان

نبی آلون دڑاے سر آلہٖ ناوان
مُبارک جہانس چھُ از عیدِ قربان
زمانس ، مکانس خُدا گوٚو مہربان
مُبارک جہانس چھُ از عیدِ قربان

سُلے آزموٗن وفا زندگی ہُنٛد
خلیلسٕ ہیوٚتُن اِمتحاں بندگی ہُنٛد
جبینس لیٚکھِتھ تھوٚنس جانِ جاناں
مُبارک جہانس چھُ از عیدِ قربان

سُہ یَس تاج از دیُت ربُ العالمین
سُہ ییٚی سُنٛد رٔشک آسمانن زمینن
سُہ ییٚی بأطلس چاک کوٚرمُت گریبان
مُبارک جہانس چھُ از عیدِ قربان

زمانن تہِ ہیوٚت لا مکاں پڑٕ زٕ ناوُن
فِضا گوٚو مُعطر ، گُلن آو یاوُن
ہوا شوقہِ ہِتھ پوشہِ پھٔتی بأگہِ راوان
مُبارک جہانس چھُ از عیدِ قربان

حبیبس چھُ مجبوٗبہِ سُنٛد دوہہ مُبارک
کران لوٗزٕ ناوس تہٕمِس زوٗن تارک
حیاتس تہُنٛد تا ابد روٗد احسان
مُبارک جہانس چھُ از عیدِ قربان

☆☆☆

# ماہِ نؤرانس مُبارک

پھُلے اُئج باغِ عِرفانس مُبارک
مُبارک ماہِ نؤرانس مُبارک
فِرشتو کوٚر قُرآں خانس مُبارک
مُبارک ماہِ نؤرانس مُبارک

اماٖرکی ژأنگی پرٛتھ گوشس چھِ تاباں
خدا بندن چھُ رحمت بأگراوان
چھُ سوزاں شاہِ خوٗبانس مُبارک
مُبارک ماہِ نؤرانس مُبارک

ہوا مُشکو ومُت عرٖشکی خُمارن
وناں پأغام لولُک روزٖ دارن
ژندر تاباں چھُ اسمانس مُبارک
مُبارک ماہِ نؤرانس مُبارک

دِلن از شادمأنی نازٖنین
گُلن ہٕنٛز نوجوأنی ماہ جبیٖنن
شمع صوٗرت چھِہ پروانس مُبارک
مُبارک ماہِ نوٗرانس مُبارک

پھولاں ایماندارن نوٗر روین
پُنٛن مٔنٛزِل چھُہ میلاں اورِزویَن
رِندو عُجری لعل دامانس مُبارک
مُبارک ماہِ نوٗرانس مُبارک

دروٗدن شوق لَے از جانبازن
فِدا سورُے جہاں نعتن نمازن
یہِ محفل لولہٕ مستانس مُبارک
مُبارک ماہِ نوٗرانس مُبارک

☆☆☆

# اے ابنِ علیؑ

وُنہِ دَگ چھِ تَتھے کَنِ کربلہٕ ہس
وُنہِ چھوکھ چھِس ساۓدِروار وَچھس
تن رتہٕ ئرِ وُنہِ تہِ چھِ صحراوس
مَن سٔنبلیومُت وُنہِ چھُنہٕ واوس
زولانہٕ تَتھے کَنِ مظلوٗمن
وُنہِ نیزٕ چھِ لأری معصوٗمن

وُنہِ گے نہٕ ئرِی جانباز دفن
کینٛہہ لاشہِ چھِ وُنہِ بے گور و کفن
وُنہِ پہرٕ یزیدی دِتھ چھِ وَتن
پیٚتہِ وُنہِ تہِ گرٛشان پھیٚہہ پھیٚہہ چھِ کنن
وُنہِ شامن شامن دِہہ چھُ ووتھاں
وُنہِ ۂخمن منٛز چھُنہٕ نار ہماں

وُنہِ مُشِتھ نہٕ فُرالس تِم منظر
چھُس أچھِ نے تل موصُم اصغرؑ

کاٗنہہ تژیشہِ ہوٚتا کرِ ہے وُٹھ تر
وُنہِ دژاو نہٕ تَس تیُٹھ کاٗنہہ ووندٕ شر
وُنہِ تشنہٕ چھِ وُٹھ چھوکہٕ لد چھِ زباں
سیَکہِ دانن پیٹھ رتہٕ اوٗش چھُ نپاں

وُنہِ تاپس تیہٕ چھَنہٕ رژھ تہِ ہماں
پرٛتھ قدمس پیٹھ اہریزٕ سناں
بیٚتہِ وُنہِ تہِ سکینہؓ باکہٕ ژھٹاں
زینبؑ چھِ کلیٖج ژادر ژھاراں
دوکھہِ لد چھِ بڑژھاں زِندانن منٛز
وُنہِ شور چھُ ماتم خانن منٛز

از پہر چھُ بیٚیہِ تتھُی صحراوس
غاٗلب چھُ یزیدس بیٚیہِ سُہ ہوَس
کرتلہٕ ہتھ بیٚیہِ باٗطل چھُ حقس
شمرس چھِ نوٕے تلوار بدس
اے ابنِ علیؑ چھِی حال عیان
مظلوٗم چھِ بیٚیہِ وتہٕ چانہِ وُچھان
☆☆☆

# آلو سکینۂ

چھِ قلمن زہٖو دِواں آلو سکینۂؑ
نظم رتۂ سٔری کراں آلو سکینۂؑ

دِوان وۄش زینبۂؑ ریٚہہ آسمانس
زمینس چاہ کراں آلو سکینۂؑ

وٕنۍ کُس ژھوٚراوِ غمن نار ہے لوٚگ
چھِ پرٛتھ شامن گرٛزاں آلو سکینۂؑ

وٕنۍ چھَم کربلاہچ شۍچھ مدینس
دِواں واوس زباں آلو سکینۂؑ

وٕنۍ چھُنہٕ کانٛہہ ترٛیشہِ ہوٚت یُس ترٛیش منگہِ ہی
فراتس وَچھ ژٹاں آلو سکینۂؑ

چھپن جاین تہِ کٔو رہم لۄٹھ بابا
ژٕ چھُکھ ہِتھٕ کٕنۍ زراں آلو سکینۍٕ ؑ

گُلالن گٔری نہٕ ئلۍ پرٕکالۍ جامن
أمِس جِگرس پھہاں آلو سکینۍٕ

کھوژاں سیکہِ دانہٕ وُچھنس شبنمس کُن
کنن یامتھ گرشھان آلو سکینۍٕ

گٕمتۍ چھِم جامہٕ رتہٕ ئری بأے جانن
چھِ چشمو کٕنۍ ہراں آلو سکینۍٕ

یۄ تامتھ پوشہِ سُرخی شامہٕ شفقن
ژتس روزن پہٕواں آلو سکینۍٕ



# عرضی: شیخ نوٗرالدینؒ وٕلی یَس کُن

ڈیڈِ تل چھُس چانہِ رِتھِ کِنۍ نیرِ خاۓلی
چھُس علمدارٕ بہٕ اکھ کاشُر سواۓلی

چشمہٕ چھَم رتہٕ سٕری کلیجہٕ چھَم زبان
تشنگی روٗحس مےٚ چھَم دِل چھُم ووباۓلی

پانہٕ چھُکھ زاناں زِ یمہِ وقتٕکی طبیب
چھِم ٹلاں أندری فقط زخمن مےٚ کرٕاۓلی

کاشرِس از رووُمت انہار دِم
یتھ گٕژھس منز کر تہٕ بٔیہِ روشن مشاۓلی

حال یمہِ ریشٕی وارِ ہُند کیا کیا وَنے
پوشہِ ٹوٗرہن چھِم گٕمتی شہمار ناۓلی

ژڑ آری بالس کُن مُدے گُنڈی گُنڈی وُ چھان
آش ہتھ پڑاراں چھِ سآری لولہٕ وآلی

پُش پنآہی کر بہٕ چھُس پڑژھیوٚن گوٚمُت
دُشمنو تھٔوی ہم ٹھِکانے زآلی زآلی

شوقہٕ ہوٚت آمُت بہٕ چھُس بے کس فیاض
چھُس ہلم دآرتھ ژٕ دِم کینٛژھا مےٚ ڈآلی

☆☆☆

۳۱ مارچ ۱۹۹۴ء

# حضرتِ بابا پیام الدین ریشیؒ صأبس نذرانہ

تشنہٕ رۄحس قرار ریشیؒ سُنٛد<br>
دِل تہٕ چھُم داغدار ریشیؒ سُنٛد

شالہٕ مأرن چھِ پوشہٕ پھۆتی اسہٕ کیٛا<br>
أسی چھِ چھاواں بہار ریشیؒ سُنٛد

شوقہٕ ہۄ ہۄ پراں چھُ کأیِری وَن<br>
شوخ بُدلبن خُمار ریشیؒ سُنٛد

تاپہٕ کٔراین اندر تہٕ جوشہٕ انان<br>
اۆبرٕ ژھاین امار ریشیؒ سُنٛد

ہوش بخشاں جوٗین تہٕ گرٛزٕ ناواں<br>
پوشہٕ وُن آبہٕ شار ریشیؒ سُنٛد

نار نۄراں وٕٹسو گرٛھاں طوٗفاں
ناو ہیتھ بار بار ریشٕ سُنٛد

پایِداٗری پرٛھن دوہے بخشاں
آستاں پایِدار ریشٕ سُنٛد

لولہِ چھِ للہٕ واں لولہٕ بۆچھی درویش
پوشہِ وُن اعتبار ریشٕ سُنٛد

شعرِ زبو چھُم مےٚ آغہٕ سٕنٛز فیاضؔ
چھُس بہٕ اکھ خاکسار ریشٕ سُنٛد

☆☆☆

☆☆

افروَٹھ ‏کِس وچھُس منٛز چھُکھ ژٕ نۄراں
چھِ نُنٛدٕ ریشٕ سٕنٛز علم ییٚتہِ شولہٕ ماران
ژٕ چووُکھ لولہِ کٕے مس بابہٕ شکرنٕ
ژٕےٚ چھےٚ ہرمۆکھی نظر چھُکھ صاحبِ شان

☆☆☆

# غزل

پیٚوأنۍ چھَنہٕ بِلکُل ونٛ سأنۍ کنِۍ بأرِش
خبر یہِ ما گٔرہٕ چھِ موسمو سأزِش

سوٗ لٔر پنٕنۍ وُچھِ ہن گُلابہٕ تھٔر وُچھِ ہن
تِمے اگر پرٛژھہٕ ہن مےٚ أخری خأہش

انگس انگس نٔشراں مےٚ از تہِ سُے خوشبو
کتھن بہٕ ما کرٕ ہے تتھے ژٕےٚ فورمأیِش

مُشک ژھٹن ترووُکھ ، اسُن تہِ مُشرووُکھ
شبانہٕ گٔر گٔمۍ تاں گُلن یہِ فہمأیِش

گرٚکھ ونٛ کُس تشبیہہ زٕ چشمہٕ مولہٕ ناوکھ
یمبرزلن پھولہٕ نٕچ چھَےی نہٕ کانٛہہ خاۓہش

لیوٚکھکُھ مےٚ مجنوٗنُن یہِ نٕجدٕ وَن وۄنہِم
ژٔے کیٚتھ ونٛ بستی منٛز چھَےی نہٕ گُنجاۓیش

تُلاۓنی چھُنہٕ چشمے مےٚ کُن سُہ زٕنٛہہ ونہٕ ہس
ژٕ میٲنہِ باپتھ چھُکھ عجیب ازماۓیش

فیاضؔ تلہٕ گاۓمس طرح کسُنٛد غزلن
ژٕ پٔری زِ کُنہِ ساتن ژٕ کٔری زِ ازماۓیش

☆☆☆

۲۰۰۳ء

# غزل

تیٚوٗت خوشوٗن دوٚہے پرُن لایق
خط چھُ بِلکُل وٚچھَس جرُن لایق

چھِم نہٕ لفظٕے بَدس زِ مولہٕ ناوتھ
چھُکھ ژٕ جِگرس اندر تھوٗن لایق

گُل مےٚ اچھرن جُرِم گرہٕم تشبیہہ
نغمہٕ لیوٗکھُم ژےٚ کیُٛت گیوٗن لایق

وارِہٕنز تھٕر مےٚ چھَم پرٛژھاں پھِری پھِری
اوسہٕ کانٛہہ گُل مےٚ وُنہِ ہرُن لایق

دود للہٕ وُن تہٕ دَگ تہِ چھَم ژالنۍ<br>
چھوکھ نہٕ باساں کہٕنۍ بلُن لایق

موسمُک ہے پرٛژھی تہِ کاشہہ وٕنۍ زبس<br>
شیٚن باساں نہٕ وُنہِ گلُن لایق

لیٛوکھمُت چھُس فیاضؔ تلہٕ گاٗمی<br>
شعر لیٚکھاں چھُ منٛزی پرُن لایق

☆☆☆

# غزل

آیِی نہٕ بدس گُل نہٕ سپُد سوٗنتہٕ ہوا میون
سپدُے نہٕ باریاب ظٕہری از تہِ دُعا میون

ژھوٚراں چھِ سُلے ژأنگی تہٕ برٕنبن چھِ دِوان تأری
یمہِ شہرٕ نبصف رأژ ونٔ گُس بوزِ صدا میون

وُنہِ نار چھُ جیلاں تہٕ لبن چھِس نہٕ نِشانے
اتھ پہرِ لیٚکھِتھ اوسمُت شاید چھُ پتا میون

پانے چھِ خریدار تہٕ بازر تہِ پنُن چھُکھ
مولہٕ وَن مےٚ یمی وانہٕ تہٕ تمہِ وانہٕ چھُ کیٛا میون

یا گو زِ خبر چھَم زِ تمِٕس کیٛا چھُ منس منٛز
یا گو زِ پرٛژھُن زٲنہہ زِ ونس کیٛا چھُ مُدعا میون

یُس یَس تہِ لفظ اوس مےٚ کیٛت کریوٚٹھ سزا اوس
اوسُے نہٕ خطس منٛز یہٕ لیٚکھِتھ کیٛا چھُ خطا میون

تیٛتھ اوس سیاہ شب زِ پنٕنی لاش تہِ رأوِم
لُکھ آسی تتھی اجنبی زِ کانٛہہ دزٕاوِے نہٕ گواہ میون ۲۰۰۳ء

# غزل

ژٕے بۆ ے مُدعا زِ ژۄنگ گۆژھ دَزُن مےٚ واوِ ہالہِ منٛز
مےٚ اکھ طمع ییہِ نار گۆژھ ہمُن مےٚ واوِ ہالہِ منٛز

پہۄان چھُ دوٚہی دوٚہس ییہِ زَر زرُن مےٚ واوِ ہالہِ منٛز
ژٕے چھےٚ نہٕ پےٚ چھُ کیٛا پہۄان کرُن مےٚ واوِ ہالہِ منٛز

پہۄان چھُ شامہٕ پٔتہٕ دوہے مرُن مےٚ واوِ ہالہِ منٛز
تہِ زانہٕ بےٚ چھُ کیٛا پہۄان سرُن مےٚ واوِ ہالہِ منٛز

کمن کمن ژھٹن پہۄان درُن مےٚ ہاوِ ہالہِ منٛز
گہے پھولُن گہے پہۄان ہرُن مےٚ واوِ ہالہِ منٛز

کتھن نہٕ واش زنٛہہ پہۄان کڈُن مےٚ واوِ ہالہِ منٛز
پکھن چھُ ترٛاش ہتھ پہۄان پکُن مےٚ واوِ ہالہِ منٛز

ازأنٛ موٚت بٔنتھ پہۄان بسُن مےٚ واوِ ہالہِ منٛز
زچَن چھُ چاکھ دِتھ پہۄان اسُن مےٚ واوِ ہالہِ منٛز

☆☆☆

دسمبر۲۰۰۳ء

# غزل

حأرتن چھُس گرٛھان ، بۄ چھُس راوان  
چھِم مےٚ باسان عجیب یَم عنوان

باوِنس کِنٛیُت نۄ کأنٛسہِ کانٛہہ سمکھان  
رأوۍمتۍ لُکھ چھِ اکھ أکِس ژھاراں

دۄر تنہا بےٚ دۄن کمرس منٛز  
دارِ بَر دِتھ بۄ شعر گُنگۄ راوان

اۄبرِ کھوٚنہِ منٛز ژۄ کأنٛسہِ ما بُچھِ نکھ  
زۄنۍ از چھَکھ نۄ أنۄ ہِش تابان

مأرۍ مۄنٛدۍ أسۍ ۂکتۍ جاناوار  
سانہِ آنٛگنۍ تہِ بَے گہے بولان

چھِکھ نہٕ گرٛاکھِے ظٕہری یِواں بازر
بٔنٛد چھِ گٔریٖمتؠ وٕنۍ وانہٕ والیوٚ وان

واتِ وقتا سَنن کتھن چانٛن
یَم ژٔرے آسی نہٕ زٕنٛہہ تہِ پرٛزٕناوان

کاکذن چھُس اَوے تھَواں ژٕری ژٕری
چھِم مےٚ قلمس گُلاب مُشکاوان

شعرٕ سۄمبرُن فیاضؔ تِلہٕ گٔژھِس
روزِ اکثر أمِس تلاش کران

☆☆☆

دسمبر۲۰۱٦

# غزل

ژٕندرٕ انہار راتھ پیوٚہم یاد
پٔرِ یہِ روٚخسار راتھ پیوٚہم یاد

تُج تہٕ کٔمۍ تام عیدیاپٕچ کتھ
لٔج اوٚشِس دار راتھ پیوٚہم یاد

آکھٕ زٕنٛہہ ژھوٚر مُبارکھے کرٕ ہکھ
دژٛاکھ آوارٕ راتھ پیوٚہم یاد

کٔدلہِ ترٕوُن سُہ ٹھوٚٹھ وُچھُم پیٛوٚ مُت
آدٕنکہِ یارٕ راتھ پیوٚہم یاد

سُے غُبارن گِنڈُن نژُن پھیرُن
میٛانہِ لوٚکہٕ چاۂرٕ راتھ پیوٚہم یاد

بُلبُلو گیوٚو تہٕ مسولو بأگُر
سوٚنتہٕ سبزار راتھ پیوٚہم یاد

دوٚہی دوٚہس تاپہٕ تن دزاں روٗزم
بوٚنہِ شیٚہجارٕ راتھ پیوٚہم یاد

جانوارن چھُ ألی ناش گوٚمُت
پرانہِ دِودارٕ راتھ پیوٚہم یاد

توتہِ پڑٛژھٕ ہکھ فیاضؔ تِلہٕ گأمِس
زوٗ چھُٹیا وارٕ راتھ پیوٚہم یاد

☆☆☆

دسمبر ۲۰۰۴ء

# غزل

یمہِ شامہٕ تِمے خاب سُہ تعشوق دِلس چھُم
کرٕ ہس بہٕ وتن زۏل ژھۆرُے ژۏنگ بدس چھُم

ووٚنؠ اِیہٕ نہٕ یمہِ آئگنؠ سُہ مگر دِل چھُ ونس کیٛا
کُس تام دِوان از تہِ صدا زن تہِ برس چھُم

پۄژھ مَے زِ سیاہ رأژ ہِکتھا چھُکھ ژٕ گُزاران
پۄژھ چھَم نہٕ وٕنۍ گو توتہِ گُماں از تہِ دپَس چھُم

طوطن نہٕ سُہ گُفتار تہٕ کوتر تہِ ژھوکیے ہٕتؠ
ووٚنؠ دارِ پپٹھ پۄارُن مےٚ کٔمِس جانورس چھُم

زٕنہہ کأنؠ ییٚلہِ یم مُنتشر البم بہٕ پھِراں چھُس
پۄزٕناوٕ کیٛا کیٛا ژھارٕ مےٚ کُس خال ژٕتس چھُم

تس ؤنۍ زِ تہِ چھَم پئے زِ ژٕ لیکھکھ نہٕ اما پۆز
چھَم چشمہٕ دَرس ، دود چھُم، پڑارُن مےٚ خطس چھُم

وونۍ گۆژھ نہٕ ہُہ دِٕ دار پھُٹِتھ یُن مےٚ پشس پیٹھ
واوس چھُ تِتھے روٗخ، ونۍ تسُنٛد ناو مےٚ بس چھُم

کانٛہہ معنہِ مےٚ کھُری دار رٕکھَن چھُم نہٕ سمأنی
بے معنہِ مےٚ عنوان لیٚکھِتھ کتھ نہٕ صفس چھُم

سوٗنٛچس چھُ اِنتشار ورفتار چھُ فیاضؔ
دٕ ہہ چھُس نہٕ ووتھأنی تہٕ مگر نار وَچھس چھُم



جنوری۲۰۰۴ء

# غزل

نظم لیٚکھنس یِواں عنواں مُسأفِر
ردیفس غزلہِ چھُم کریشاں مُسأفِر

ہَلم داراں نۂ کاںٛہہ آلو دِواں از
قلم کارس مگر ژھاراں مُسأفِر

پرٛژھاں واوس تہٕ کاوس ناو تٔمۍ سُنٛد
سُہ یُس کُنہِ ساتہٕ بوٚ رٔژھراں مُسأفِر

بۂ کتھ طرفس لوٚگُس کٔمۍ وتھ مےٚ ڈآجِم
بیہِتھ اںٛد کُن کُنے سوںٛچاں مُسأفِر

یہِ سوٚمبروُم تہِ چھٕکروُم مےٚ واوَن
چھُ اوٚش قطرو یہِ ہِر باواں مُسأفِر

کھوژاں پرٛتھ گامہٕ پنٕہٕ نبن آشہِ ناون
شہر گرچھنس تہِ چھُنہٕ بہراں مُسأفِر

چھپَن جاین تہِ تھاُوِکھ پہٕر در ووٚنۍ
چھِ از لَر تراوِنس کھوژاں مُسأفِر

نکھس کبتھ بوٚکھچہِ ہٮ۪تھ از لۄر ڈکھواں
خبر کتھ کُن قدم تژاواں مُسأفِر

أنڈرۍ تھٔوۍمتۍ چھِ لۄکو دارِ بَر دِتھ
نٮ۪یرۍ آوارِ ہِوۍ پھیراں مُسأفِر

یہِ کیٚنٛہہ اوٚسُس تہِ ہے کرتام روۄس
چھُ کیٛا اتھ جولہِ منٛز ژھاراں مُسأفِر

دپاں شأعر چھُ وُنہِ چھُس آب چشمن
فیاضؔس از تہِ کُنہِ سمکھاں مُسأفِر

☆☆☆

۲۱دسمبر۲۰۱۶

# غزل

وُٹھ ژٕے چھِی لرزان کینٛہہ باوُن چھُنٛیا؟
چشمہٕ پھِری پھِری چھُکھ وُچھان راوُن چھُنٛیا؟

ٹارِ زن کھوٚتہٕ یِی نہٕ یارٕہن ہُنٛد شیہُل
تاپھ صحراون اندر چھاوُن چھُنٛیا؟

لوٚنٛچہِ منٛز یَم پیٚتی اُولِی خاب ہیتھ
کوٚنگِی کِہیے افتاب برمہٕ راوُن چھُنٛیا؟

بروٚنٛت کٔمی سُنٛد گوٚی ژٕے کُس آلو دِوان
بیٚیہِ تہِ کانٛہہ اجنٔبی ژٕے ازماوُن چھُنٛیا؟

ٔعلی تہِ ما آسکھ ژٕ اَنٔس کھے ٹُلان
یاد بیٚیہِ پیوٚمُت پٔنُن یاوُن چھُنٛیا؟

میٔانٛی پأٹھِن روٚوُمت آسی وجوٗد
میٔانٛی پأٹھِن ناو بدلاوُن چھُنٛیا؟



# غزل

گوٚٹ پہن گومُت مگر نُنٛدٕبون خط
لٲبچ زینت مےٚ چھُم اکھ پرٛون خط

یتھ سیاہ کمرس یہِ خوشبوٗ چھَم نہٕ ٲلی
رٲتی راتس چھُس پھِراں سُے چون خط

ناو لیٚکھنس نَے ژےٚ زٕنہہ پوٚژیٖ نہٕ من
توتہِ زبِو ونہٕ ہکھ ژٕ زٕنہہ یہِ چھُ میون خط

کُس علامتھ ژھارٕ ، کُس تشبیہہ دِمے
چھُس نہٕ زٕنہہ لیٚکھی تھےٚ ہبٕکان موزوٗن خط

جنوری رٲژن پرُن خوش چھُم کران
لیٚوکھمُت ٲسی ژےٚ اکہٕ وُہہ جوٗن خط

نٮ۪برٕ پٲرٲوِتھ لفافس پوشہِ تھُر
أندرٕ زن باسان چھُ خوٗنےٕ خوٗن خط

وُچھی زِ کُنہِ دوہہ آسہِ اخبارن فیاضؔ
شاںٛدِ تلہٕ لتس دژاو اکھ اژٕ پرٛون خط

# غزل

سوٗنتہٕ وأرانن اندر حأران لۄکھ
ہرٕدِ ژھاراں سر سبز مأدان لۄکھ

زٕ تہٕ جاں کیٛا...... خانماں سوٗرے دِتگُھ
یتھ پُپِس ووٚنی دِن تہِ کیٛا دِن دان لۄکھ

روومُت ژھاراں چھِ پانے رأوِمِتۍ
اجنبی شہرس اندر انزان لۄکھ

سوٗنچُنٛک ایٚحساسہٕ تیٚول آسکھ اَوے
سوٗنچُنٛک سوٗنچاں چھِ کاٗنہہ عنوان لۄکھ

بوزنُک بَے چھُکھ تہٕ وُچھنُک خوف ہیوٚ
لیٚکھنس ، پرٕنس چھِ از کھوژان لوٚکھ

چشمہٕ چھَنہٕ ٲبی حأرتن یَمہٕ وِے وَتو
أسی تیٚلہِ مٲنزی مٲنزی گرٛھان اَستان لوٚکھ

اۆبرٕ نب، ہَن ہَن سیاہ تارُکھ نہٕ نوٚن
کیٛا خبر رالتس چھِ کیٛا گٲنٛزران لوٚکھ

لوٚسمتی تھٔکیٛمتی ژھیٚنیتھ پیٛمتی فیاضؔ
آسہٕ ہن ژھاران پنٕنہٕ پہچان لوٚکھ

☆☆☆

۴؍اگست ۲۰۰۶ء

# غزل

چانہِ انہارِ ہَن تہٕ ہَن ژِلی ہیوٚ
اورِزوے اکھ چھُ دون أچھن ژِلی ہیوٚ

تارِ گومُت چھُ دارِ پیٹھ بُلبُل
وارِ پھوٚلمُت چھُ یوٚسمن ژِلی ہیوٚ

چاۓنِ پاۓٹھبن گُلاب ہیوٚ مُشکان
ہوٚ بہوٚ ژٕے سُہ گُلبدن ژِلی ہیوٚ

کتھ نہٕ میاۓنس بہاۓری شعرس منٛز
کُس نہٕ پیکر تصوُرن ژِلی ہیوٚ

توہہِ تہِ آسوِ نہِ میٔانہِ جُرچِ پےٚ
حُلیہِ دۄپہم چھُ مُلزِمن ژٕلی ہیوٚ

روشہِ مۄت خوش یوٚن ، پوشہِ مدُن
ماٗرِ مۄند یُس تہِ کانٛہہ سوٚخن ژٕلی ہیوٚ

لُکھ چھِ پھِرِ پھِرِ پراں أزیُک اخبار
از چھُ عنوان سُرخین ژٕلی ہیوٚ

کرٛایہِ صُبحے تہٕ شرٛانہِ ہیوٚ شامن
دَپھ مزازے چھُ موسمن ژٕلی ہیوٚ

چانہِ غزلُک فیاضؔ شانِ نزوٗل
معنہِ وٕنی زبس چھُ تشبیہن ژٕلی ہیوٚ

☆☆☆

۳۱/اگست ۲۰۰۶ء

# غزل

أٮ۪سم مےٚ پٔنٕز پیٚنٛڈ تہٕ آنگُن دأر تہِ أٮ۪سم
پأرِے صحی درواز پٔنُن دأر تہِ أٮ۪سم

چھِج دار بادم کُل تہٕ کُلِس طوطہٕ لٔنٛجن پپٕٹھ
تتھ بُرزٕ پشس پپٕٹھ مےٚ گۄان ہأر تہِ أٮ۪سم

ژُری ژُری مےٚ ہنگس جورٕ رۄٗسی طۄٗمار گہان أسی
اوسُم نہٕ قدے یۄت مےٚ تھٔز کأر تہِ أٮ۪سم

ڈٕدون ژٕ وُچھاں چھُکھ یہِ اتھٕن اوس سبزٕ وَن
دِودار ہُتھٕن اوس یٖتھٕن یأر تہِ أٮ۪سم

لچھِ واد یادن ہۆنز گواہ اکھ آدنُک میراث
گژھِ دارِ عُکٹھِس منٛز مےٚ اکھ اچھِ دأر تہٕ أٔسم

زردیے یہٕ نہٕ یَم چشمہٕ ئلی موسم پھۆرُکھ ہردُک
مےٚ تہٕ سورمہٕ پھولان اوس تہٕ سوزٕ ہأر تہٕ أٔسم

کم ژِتنہٕ کریے مکھ زِ تِمٕس فاتحے پرٕ ہا
پُرِ لۆنٛٹھ وأِلتھ یوسہٕ کراں دوہےِ خأر تہٕ أٔسم

تِم ساتھ سکوٚنکی سُہ سبز بونہٕ ہُنٛد شیہجار
فیاضہٕ أتی ہے مےٚ بادم وأر تہٕ أٔسم

☆☆☆

۱۶/دسمبر۲۰۰۶ء

# غزل

دَپھ ژٕ سۄدے نہٕ آو ساد کتھن
از تہِ دژاوٕے نہٕ کانٛہہ مُراد کتھن

لٔس چھُ شاید سُہ آدنٕے مۆٹھمُت
اوس مٔنٛزی مٔنٛزی دِوان سُہ داد کتھن

روبرو میٚے لیۆکھُکھ سُہ دستاویز
پری زِ ہر گز نہٕ گٔری زِ واد کتھن

ژٕے لیٚکھان چھُکھ تہٕ کاکذن خوشبۆ
ژیے وُزاں چھِی تہٕ ناگہٕ راد کتھن

موٗختہٕ ہرٕنٛک ژٕےٚ چھُے عجب انداز
نوقطہٕ ژھأری ژٕےٚ کیٛا نقاد کتھن

ٹھاکھ تھوۄکھ مےٚ دارِ کٔنِ وُچھنس
پہرہدارو ہیۆتُم عناد کتھن

بُتھ چھُ دۄشوٕنی سیاہ سوالہٕ نِشان
پرٕ بتھ سوالس چھُ کیٛا تضاد کتھن

توٚر نہٕ فِکرے چھُ کھُر کتھن فیاضؔ
پھِیُر دِواں گوٚ مےٚ وٚری یہِ واد کتھن

☆☆☆

جنوری ۲۰۰۷ء

# غزل

وُ جاءِ بُسکینن نۂ رژھ تۂ حأرانی
دہانۂ چھِکھ اسوٗنی مکانۂ وأ رانی

سُہ روٗشی تن ، روٗشِن مےٚ پوٗشیتن پانس
مُژہجَ یۂ کل تمُی سِنز شیٚچھِ پریشأنی

قلایہِ گُنڈی گُنڈی تے کھوژان چھِ ژھاین لوٗکھ
بلاے کُس تامتھ نژان چھِ اسمأنی

ژےٚ کر پرٛژھُتھ کرِ ہے بۂ شکوٕ شکایژ
مےٚ کر ووٗنُے وتم ژٕ چھُکھنۂ سمکھأنی

روہِ چھُ واوس سُے چھُ کربلُک موسُم
ہُتھن عزادأری ییٚتھن نوح خأنی

ہُہ شیہنہٕ ژھٹھ باپچ یہِ ترٕ دریاوٕچ
بسُن یِتھس گامس چھِ میأنی جولأنی

یہٕ چھُس نہٕ ژٲری تھٕے ووٚنی ہیٚکان پٔنن تصویر
یہٕ چھُس نہٕ ووٚنی شامن تہِ ژونگ زالأنی

مےٚ کوٚرنہٕ زانہہ دعویٰ یہٕ چھُس ژےٚ روٗس فیاضؔ
مےٚ چھُم تہٕ چونُے دیُت، ژےٚ چھُے تہٕ لاثأنی



فروری۲۰۰۷ء

# غزل

درواز صدا ہیوٚ گو دارٕن تہٕ چھِ پرٕد اَلان
سُے آسہِ پکاں شاید خوشبوٗ چھِ ترٛشے باساں

اجہِ رأژ ہُہ پوشہِ پھُلے تارکھ چھِ نٕبکی حأراں
سُے آسہِ تہٕ بامس پیٹھ تسٔی ہے یم گُل چھِ ہراں

حأرتھ چھُ گلابن تام، سروَن چھُ گومُت گُمہٕ سرٛان
آسکھ تہٕ ظٔہری وُچھمُت صُبحٕ سُہ قدم ترٛ اواں

ئلی نزِ نہٕ ہوا یتھِ کٔنی ئلی کھسہِ نہٕ اوٗبُر بالس
لتس آسہِ تہٕ أنہٕ بدس لتس آسہِ تہٕ سورمہٕ پھولان

تشبیہہ تہٕ جرٕنۍ لایق ، تخلیق پرٕنۍ لایق
انہار تہٕ حُسنِ غزل ، گُفتار تہٕ موٗختہٕ نپاں

صُبحن تہِ خُمارُک بوش شامن تہِ فِضا مدٕہوش
موسُم چھُ وناں پھرِی پھرِی بأرش چھُ پیٚنٛک اِمکان

تمہِ کئدلہٕ ٹھٹھِکی آلو ییٚیہٕ زن چھِ گرٛھاں گوشن
تتھۍ ناوِ نَمس پیٚٹھ زن ہاوس چھِ دِلکی تنٛبلان

مُتۍ لأز کراں پوٗشرِی یاوُن چھُ گُلن فیاضؔ
حالتھ چھِ جنٛوٗنچ ہش شعرن چھُ طرح میلان

☆☆☆

۱۳رفروری ۲۰۰۷ء

# غزل

خاموش مگر برونٹھِ کنہِ اِرِ ساتھ وُچھاں چھُس
پرٛتھ جایہِ عجیبے بہٕ یِم حالاتھ وُچھاں چھُس

تِم دارِ نہٕ تِم کوچہ ، نہٕ تِم لُکھ نہٕ پٔنٕزٕ جاے
درواز پٹٕمن پیٹھ لیکھِتھ کھنڈراتھ وُچھاں چھُس

تِم شعر یِمن داد دِوان آسی غزل خان
پاواں چھِ ژٕتٕس محفلن ہٕنٛدی ساتھ وُچھان چھُس

تشبیہہ تہٕ علامأژ بدل معنہِ دِواں چھِکھ
دم پھُٹ چھِ گرٛشہاں سأنی یِم گوٚنماتھ وُچھاں چھُس

پرٛتھ میُوزیمَس منٛز چھِ سجاں میأنی اکھ تصویر
لیلام گرس لاش کٔنٕزٕ راتھ وُچھاں چھُس

نیٚلان شبس أسی گہان أنہٕ ہِوی صُبحے
جیٚلاں چھِ ونٛ تِم مأری مٔنٛدی طرفاتھ وُچھاں چھُس

دسبوٗسی نہٕ تِم نالہِ مٔتی تِم دوس نہٕ احباب
چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ اِظہاراں ونٛ تِم جذباتھ وُچھاں چھُس

کھوژاں چھِ ہلم دارِ نس لاچار مُسأفر
یتہٕ ہے چھِ دروگیے ٔمتی ونٛ تِم خأراتھ وُچھاں چھُس

کُنہِ ساتہٕ بَو سمکھاں سُہ مٔژھیُل مارِ موٚت فیاضؔ
اِیہِ ما سُہ دِیہِ از بیٚیہِ تہٕ مُلاقاتھ وُچھاں چھُس



# غزل

صُبحُک ہوا مےٚ دارِ بَو ألران راتھ تام
گُل أسی مےٚ ییتھ آنگنس مُشکان راتھ تام

تِم چشمہٕ ، سُہ انہار تہٕ تِم سوٗنتہٕ سبز خاب
أسِم بدَس کم مأری مٔنذی عنواں راتھ تام

پرٛتھ صُبح پھولاں اوس ہُمن پوشہِ پێنٛژن پٹھ
افتاب زٕہے اوس نہٕ لوسان راتھ تام

تمہِ کوچہِ پرٛژھاں اوس لُکن ناو تہِ میوٗنُے
یمہِ کوچہِ پکان اوس سُہ جانان راتھ تام

تِمہٕ نٕے چھُ دپان میون خبر کیٛازِ أچھن تیوٚل
باساں مےٚ یِیے أسی مہربان راتھ تام

أسی أسی تھاوان ناو اکھ أکی سُنٛد دَشن لیکھِتھ
أسی أسی گرٛھان آش ہیٚتھ استان راتھ تام

ژٕےٚ تہِ آسہٕ نٕے تِم اورِزوٕے تِم خاب أچھن تل
مےٚ تہِ أسی رٕچھِتھ پوشہِ مُتیٚ ارمان راتھ تام

کتھ بَو نہٕ وُٹھن پیٚٹھ سہٕ اناں زانٛہہ مےٚ تھٕی فیاضؔ
خط اوس مگر گہہ بےٚ گہہ لیکھان راتھ تام

☆☆☆

جُلے ۲۰۰۷ء

# غزل

کانٛہہ شکایت نۂ کانٛہہ گُذأرش چھَم
دون وُٹھن پٹھ عجیب خاہِش چھَم

چھُس موٗزیوٗمُت کرایہِ کمرس منٛز
چانہِ شہرٕچ یہے نوأزِش چھَم

دوٚہ دوٚہس چھُس بہٕ تاپھ سوٚمبراوان
رأتی راتس ژٕہاں مےٚ بأرش چھَم

نال ژٕٹہٕ ہا نۂ نالہٕ نا دِمہٕ ہا
ژالہٕ نٕچ نا ونٛ کانٛہہ گُنجأیِش چھَم

نیٚبرٕ ژھوٕراں أندری دزاں ہَن ہَن
زانہِ مولا کٔہنٛز یہِ سأزِش چھَم

شک چھُ میأنس شناختس فیاضؔ
کاکذن منٛز مےٚ یوسہٕ رہأیِش چھَم



# غزل

راتھ وُچھمُت سُہ خاب ہیوٗ اوسُم
خاب اِدٕ فٕری گُلاب ہیوٗ اوسُم

دَگ تہٕ أسِم مگر مٕژھج باسان
میوٗٹھ خوشوٗن عذاب ہیوٗ اوسُم

رٲژ پہرن عجب کرامتھ ہِش
روبرو آفتاب ہیوٗ اوسُم

روٗدی گٕرژتاں اچھر مےٚ رٕژھرأوِتھ
ژورٕمُت اِنتساب ہیوٗ اوسُم

توٚگ نہٕ شاید زٕنھے مےٚ اِظہارُن
سوٗنچمُت لاجواب ہیوٗ اوسُم



# غزل

چانٛن خوٗشبوٗ دار کلامن
داد دِواں چھُس صُبحن شامن

تتھ گامس چھُنہٕ جورے وٕنۍ زبٕس
بہٕ تہِ ہے پھیوٚرُس کائتٛن گامن

مےٚ تہِ چھِ رُنیمٕژ ہَن ہَن شاید
ژٕ تہِ نہٕ سینومُت پنٕنہٕ نٛن جامن

لیٚکھِ بہٕ کوتا کیٛا کیٛا دیُت ہم
فُرصتھ چھا گرٛند کرِ اِلزامن

از تہِ خطس منز اوسُن لیۆکھمُت
بادم وارِ تہِ پھولِہ نا بامن

یادِ ژِ پیٚوہم شروٗنی گو قلمس
اچھرَو جۆر غزلس روٗنہِ دامن

نوِ کمرچِہ المارِ چھِ مُشکاں
تہٕ مُژراٝوِتھ پڑاٝنۍ نامن

وقتے چھُنہِ زہو دِمہِ اِظہارس
نتہٕ چھِ فیاضسؔ سُے منہِ کامن

☆☆☆

ا۱را۱پریل۲۰۰۸

# غزل

آو تِیُتھ سوٗنتھے زِ چمنس رآوی گُل
پیٚے ۂرِتھ کم تازٕ پھولٕہ وٗنی لآوی گُل

ہَر تھرٕ ن پھُٹِرکھ نِیکھ خوشبوٗ مُہِتھ
جانور بدلےٕ یَمو پُڑٕنآوی گُل

بَے تہٕ لآ ِگتھ باغوانن ہُنٛد پوشاک
گے تہٕ چھکٔرآوِتھ وتن رتہٕ دآوی گُل

ناگہٕ پوکھرٕن آپروُکھ شورٕ آب
تاپہٕ کرٛاین منٛز دوٗ پُکھ مس چآوی گُل

پوشہِ نوٚلو ہیوٚک نہٕ بِلکُل اُف کٔرِتھ
روبرو ییٚلہِ کرتلو کٕترآوی گُل

کم قداوار سرٕ ہا ترٛآوِکھ ژٔٹِتھ
وہی یَمو سوداگرو وڑنآوی گُل

زۄر نۓ پنۓ نوٚ بُلبُلو چمنُک یہِ حال<br>
دَگ دِلن آسِکھ یِمو سۆمبرأوی گُل

پوشہِ تھرِ تھووُکھ پٔنُن اٹگ اٹگ ژٕرِتھ<br>
حُسنِ اخلاقن تہٕنٛدی رٔژھرأوی گُل

اۆش پھبرو پنۓ نوٚ چھٕلِکھ رتہٕ بُتھی گُلن<br>
أمی دِلن ہٕنٛدی شفقتن اسنأوی گُل

مُصطفأیی لولہٕ ؤرتاون ژٕیو<br>
سانہِ یِتھ ریشِٕ وارِ بٕیہٕ پھولہٕ نأوی گُل

اتھ خلوٗصس کیٛا وَنو کیٛا کیٛا لیٛکھو<br>
یِمی خلوٗصن روٗتلبن نپہٕ نأوی گُل

گُل چھِ گُل یِم سانہِ پٔگہکی آفتاب<br>
گُل تِمن پأرن یِمو پأرأوی گُل

شوٗب قلمس چھَس یِہنٛز خوٗشبوے اَوے<br>
ژأری فیاضؔ سوٗخن غزلأوی گُل



# غزل

ڈۄل تہٕ خوشوٗن سوٚنتہٕ کالُک واو ہیوٚ
پھۄل نہٕ وُنہِ کانٛہہ گُل چمن مُشکیٛاو ہیوٚ

شیٖشہ سڑکو پیٚٹھی چھُ یتھ شہرس اندر
دِل پھۄان باضے کرُن ذٔری یاو ہیوٚ

چھُس سبز خابن تِتھے پھِیُر ہیوٚ دِواں
چھُم ڈلاں چشمن سیاہ صحراو ہیوٚ

رووُمُت عنوان اخبارس پۄرُم
ناوِ کٕنِز باسیو مےٚ پنہٕ نُے ناو ہیوٚ

لۄسمُت تھۄکمُت پکان رۄدَس وُچھاں
توتہِ کانٛہہ ونہِ ہے قدم ٹھہراو ہیٚوٚ

شۄب کنہِ شعرس اگر آسہٕم تہِ چاۓٚ
چھُس بہٕ بس لفظن کراں پأراو ہیٚوٚ

دوٚہی دوٚہس ہأوِن فِرشتن ہٕنٛدی صِفت
شامہٕ پٔتی سمکھیو تہٕ آدٕمی کھاو ہیٚوٚ

سڑکہٕ زن وأران تہٕ ٹھٔری کوچن فیاضؔ
یُس وٕ سُے سمکھاں چھُ حأراں کاو ہیٚوٚ



# غزل

راتٕچ محفِل ، راتُک خاب
کوچھِ للہٕ وُم ، خوشوُن اَفتاب

ازلے أٔسم چاۓنٔ وبژھے
سمکھِتھ چھُکھ ، سپداں نایاب

سبٕٹھِہے چھُے حُسنک آسُن
بٕ تہٕ زن جرٕ ہے لأوی گُلاب

ہِجرٕکی دوہہٕ چھِنہٕ سورأنی
میٹھِ تہٕ کر دَپھ زٕٹھِ عذاب

وُچھی زِ پٔنُن انہار وُچھکھ
پٔری زِ ژٕ گُنہِ دوہہٕ میأنٔ کِتاب

اورٕ تہٕ چھُنہٕ کانٛہہ پرٛزٕناواں
یورٕ تہٕ سوریو چشمن آب

حال پٔنُن کس باوِ فیاضؔ
بوزِ تہٕ کُس ، کس روزِ وٕنٛ تاب



# غزل

گژاوِ کٲمؠ کرِنے ، ژٕ چھُکھ فاتحہ پران
توتہِ چھُکھ مٔنزِ مٔنزِ مزارس پیٹھ یِوان

یاد چھِی تِم ساتھ شاید از پیٚٹھتی
از رِکتھا چشمن چھُ چانٛہن اوٚش ہران

نظرِ ہے اوٗسُس بٕہ نیراں دارِ بٔری
چانہِ موکھٕ اوٗسُس وتن چانٛہن پژھان

چھِی ظٔہری کٲمؠ تام از وۄنمُت سُہ دژاو
از رِکتھا چھُکھ سانہِ آٔنگنٕ کِنۍ یِوان

کأژٕ دشہِ گنٛجہِ مَے ، مےٚ استانن ژےٚ رِکرٕ
نا بٕہ اوٗسُس نا ژےٚ پوٚت ژھاین وُچھان

قبرِ پپٹھ یِتھ چھُکھ سجاواں از مےٚ پیوٚر
خبرِ ما اوسُکھ بہمارس زاٗنِہ یِوان

شعر ما کاٗنِہ ٹارِ کھوٚتمُت چھُے اَوے
چھُکھ ژٕ از میٚانِن کِتابن پھِیُر دِوان

چاٗنۍ دڑے اوسُس بہٕ ہاواں دوستن
چانہِ کتھٕ اوسُس بہٕ شعرن منٛز جران

کیٛا ونن، ؤنۍ تن بہٕ ہے اوسُس فیاضؔ
یُس تہِ سمکھان بوٚ ، دُعا اوسُم کران

☆☆☆

۲۲نومبر۲۰۱۶ء

# غزل

يہِ ڪيٺُھ اجنبي شهر بِلڪُل عجيب
وَتي اجنبي سفر بِلڪُل عجيب

يہِ ڇھُنہِ موهلتھ دِوان زاٺهہ اُف تہِ ڪرنس
اٿھن ڪيٺھ ڇھُس خنجر بِلڪُل عجيب

ڪٿھي ڪرِ هيي أتي ڪاٺهہ حال پڙھِ هيي
مےٌ ڇھِم سمڪھان نفر بِلڪُل عجيب

گھي ڪريٹھاں ، گھي ميٹھاں يہِ دَگ ڇھَم
ژےٌ ڇھُے تيرن اثر بِلڪُل عجيب

بۂ چھُس پھِری پھِری مراں، پھِری پھِری زُواں چھُس
ژٕ چھکھ چاواں زہر بِلُکل عجیبے

اساں رۆدُکھ ، زٕنہے تَر گوٚی نہٕ چشمن
ژ̆ے چھُے ، دۆپنم جِگر بِلکُل عجیبے

ژ̆ے کُن وُچھنس درآئی نا زٕنہے چھُس
ژٕ چھُکھ تڗاواں نظر بِلکُل عجیبے

تِمن فیاضہٕ کیٛا یِم شعر ویہِ ہن
ژ̆ے چھَے غزلن بحر بِلکُل عجیبے

☆☆☆

# غزل

روومُت کُس چھِ کَس تلاش کران
یُس تہِ سمکھاں چھُ بس تلاش کران

کاثہہ رِکھا ما چھِ یتھ سیٚزر آسم
أنہٕ مُٔنزی چھُس ڈٕکس تلاش کران

چھَم یہِ نوسٔوری دَگ مےٚ کتھ زخمس
چھُس بہٕ پنہٕ نِس وَچھَس تلاش کران

یمہِ تہِ لرِ ہُنٛد مےٚ پَے پَتا اوسُم
تتھ چھُ لیٚکِتھ برس تلاش کران

دۆہی دوہس چھُس خبر کتھٕن راوان
پٲنٛز پانے شبس تلاش کران

از تہِ ہاوُن ونم پڑُن مسکن
از تہِ کِتھِ کِنۍ وَنس تلاش کران

لیوکھمُت چھُس ژ ۄے کیٚا ونے ونہِ ہے
ناو وُنہِ چھُس خطس تلاش کران

ٹوٹھ مالِیُن پیٛمُت ژھتس آسکھ
وِگنہِ آسَن وَنس تلاش کران

وُنہِ تہِ لیٚکھِتھ چھُ کاغذن فیاضؔ
وُنہِ تہِ کانٛہہ کانٛہہ چھُ لتس تلاش کران

☆☆☆

# غزل

اڈنگ اڈنگ ہا دود کنگہِ نارِ وولو
متہِ سوڈنہِ سوتہِ شیہجارِ وولو

انہار پڈُن یاوُن وُچھ ہَن
نبہِ نار ژھٹاں لوکہِ چار وولو

ہَن ہَن چھَم ووڈی چھوکہِ لد گاٹز
من رنڈِ وٗنہِ ، ونہِ شہمارِ وولو

دیُت مسولہِ مجبُورس آلو
گٹز چھَس چانے شعرِ وولو

دوہہِ راتھ وَتن چانِہن وُچھی وُچھی
مےٚ چھےٚ چشمن لگٹز دارِ وولو

تھکہِ بُدِلس تُل شیٚہلاوَو گُم
گُلمرگن ہنزِ آوارِ وولو

دِمہ آلو ، ژٕ نہِ زانہہ چشمہِ ٹلاں
مےٚ چھُ گومُت وَچھ پُڈ پار وولو ۱۹۷۷ء

# غزل

دِل بۂ تۂِ رچھِ ہن پرژھیٚنۍ پانس
ژونگا دَزِ ہے کُنہِ استانس

پنۂ پنۂ گومُت ہَن ہَن سورُے
چاک بۂ کأتیا سُوٕ دامانس

مےٚ نۂ سأ بایو کاثہہ دَگدارٕے
دود پئُن چھُم دَگ چھَم پانس

باژٕری رونق خاب چھِ گأمٕژ
گردِ اثبر کھُتۍ وردَن وانس

غزلہِ مےٚ شعرن کہوٕٹ لأجِکھ
نظمہِ پرٛژُھکھ معنی عنوانس

لیٚکھُن اوسُم بیٚیہِ تۂِ مگر ووٕنۍ
عنوانٕے رووُم افسانس

وُچھی زِ فیاضؔن کُنہِ دوہٕہ پھیری
آلو دِکھ پنۂ نِس جانانس

# غزل

کأنسہِ سونچُس نہٕ کأنسہِ وُچھنم فال
پانہٕ رؤدُس سوال ہیوٚ تا حال

کوٚنگی بہٕ ہے از تہِ چھُس پھِراں چوٗنٕے
ساگہٕ لر تالہ رَز سُہ آدن کال

شہرٕ روؤم تہٕ گامہٕ چھُس ژھاران
جُبلہِ پھہٕرنُک سُہ دوو لأرِگتھ نال

کأنہہ مکانے نہٕ تیٚتھ مکینے کأنہہ
کأنہہ نشانے نہٕ یم یوٚکر خدٕ خال

یٚیتہِ چھِ میأنی تماشہ چھُکرأوِتھ
اوسمُت چھُم یہوے مےٚ ماتا مال

دِل چھُ دٔریا فیاضؔ تِلہٕ گأمس
حال پرٚژھِ ہس دٔپی سبٹھا خوشحال

☆☆☆

۱۸ر نومبر ۲۰۰۷ء

# غزل

کیٛا وَنس کِتھ کٕنۍ ونس سخ دود چھُم
بے قرأری چھَم منس سخ دود چھُم

دارِ بند کمرس اندر بیمار چھُس
کانٛہہ صدا دِیہِ ہے برس سخ دود چھُم

رووُمُت ہیوٚ چھُس بہٕ یتھ بُستی اندر
ۄنۍ دِواں پنٕہٕ نِس گرس سخ دود چھُم

چھُس وُچھاں سرَوَن نہٕ ووٚنۍ بِلکُل سُہ قد
بونہِ ٹکھ دِتھ پرٛتھ ہرس سخ دود چھُم

کانٛہہ طبیبے چھُم نہٕ ووٚنۍ نظرے گژھان
چشمہٕ چھُم لجمٕژ درس سخ دود چھُم

یُس تہِ کاںٔہہ سمکھاں ٹُلاں زخمن چھُ کرٛآلی
دَگ مےٚ چھَم کوٗراں وَچھس سَخ دود چھُم

شیشہٕ یَم دارٕن مےٚ آٚسم پھُٹرِ ہم
ٹھاکھ چھُم برٕ نیرٕ نس سَخ دود چھُم

دوٚہی دوٚہس ژالاں بہٕ چھُس أندری قہر
زہر چھُس ژاپاں شبٕس سَخ دود چھُم

لیٚکھہِ ہس کاغذ قلم چھِم رأوِءمتی
چھُم نہٕ کاںٔہہ چیزے بدس سَخ دود چھُم

سمکھِ یی وٕنی زٕبس فیاضسٓ ہیٚنی خبر
اکھ دِلاسا گوٚژھ دِلس سَخ دود چھُم

☆☆☆

۱۰جون۲۰۰۹ء

# غزل

اڈبڑ نب سخ تیز ژھٹھ گرد و غُبار
سائٔز کٔز موسم چھُ سخ نا سازگار

رووُمت کُس تاں پنُن تصوٖیر چھُم
چھُس نہٕ ئلی البم بہٕ مُژراں بار بار

ژھاے کانٛہہ ہرٕنٛز نہٕ ماراں ڈالہٕ کانٛہہ
بالہٕ دامانن نہٕ پھولہٕ ؤنٛز لالہٕ زار

چار سویس پیٹھ بیٚہتھ چھُس ؤنٛز دِواں
سمکھِ نا کانٛہہ پننہِ شہُرک زانٛز کار

بُتھ پنُن وُچھنُک مےٚ طمعہے تھوٕ ہم
چھُم نہٕ اَنس پیٹھ ونٛ بِلکُل اعتبار

وان اڑِ ؤتھی تھان چھُنہٕ مولہٕ واں ٕکہنٛز
بازرس منٛز بێیہٕ چھُ کیٛاہتاں اِنتشار

از تہٕ چھُس یم دارِ بَر تھاواں یَلے
از تہٕ چھُم کمہِ تام ساتُک اِنتظار

چھُم نہٕ کانٛہہ شیٖشُہ محل دپہٕ ہے ٹھَہر
بس چھِ بیمارس یِمے کھٔنڈی پھُٹٕ دیوار

سوٗنچنس تامتھ کوٚرتھ صبرٕے فیاضؔ
پٔری زِ اخبارن چھپیومُت اشتہار

☆☆☆

۳۰راکتوبر۲۰۰۸

# غزل

گرٛھاں چھُ بدلےٖ مےٚ حال چشمن
مہٕ کر ژٕ پھِری پھِری سوال چشمن

گلابہٕ بُرگو یہٕ اوٚش ووٚہِتھر ہن
سپُد نہٕ تیٚتھ کانٛہہ وِصال چشمن

اتھٕن پٔنٕنۍ پھبرنہٕ نرٛی شُباں چھِی
مہٕ تھو بدل کانٛہہ رُمال چشمن

ژےٚ کُن درس یم تیتھے لگاں چھا
تھیکُن چھُ چونٔے جمال چشمن

یہٕ گاشہِ زٕژ عرقہِ سٕری چھِ گاٚمژ
یہٕ ژونگ برونٛہہ کنہِ مہٕ زال چشمن

گہے طراوت گہے شرارت
چھُ اتھ فنس منٛز کمال چشمن

چھِ اتھ خموشی پٔنٕز نزاکت
چھِ پرٕتھ ادا بے مِثال چشمن

خُدا رٔچھِن تیٚتُھ غضب مہٕ ہآوِن
زٕنھے مہٕ سپدِن ملال چشمن

حسیں گژھے پُر سراب منظر
سرٕنی پیوٚاں لا محال چشمن

بہٕ لولہٕ نظرو وُچھان روٗدُس
ژٕ ے دولہٕ تھآوِتھ زٕ بال چشمن

ژٕ ے چھُے نہٕ شوٗباں وُچھُن نبس کن
ژٕ ے چھِی پٔنٕز کٔرٕ ہِلال چشمن

☆☆☆

۲۰ مئی ۲۰۰۵ء

# غزل

وُچھ مےٚ خابن اندر سُہ خاب عجیب
پرانہِ تھرِ ہُنڈ سُہ اکھ گُلاب عجیب

أسی زبِو پبٹھ مےٚ بے شُمار سوال
چشمہٕ مُژربن دِتُن جواب عجیب

پڑأنی تصویر اکھ أمم راتھے
آیہِ بروٚنہہ کُن مےٚ اکھ کِتاب عجیب

کُس نہٕ تھاواں چھُ أنہٕ أچھِ نےٚ تل
کس نہٕ باساں پٔژن شباب عجیب

دارِ بُری چھُس وُچھاں مُدے گٔنڈی گٔنڈی
از چھُ أندری مےٚ اِضطراب عجیب

سخ چھُ چشمن زرُن گرݜھان مُشکل
از چھُ باساں سُہ آفتاب عجیب

سُہ تہِ چھُ راواں تہٕ مےٚ تہِ نہٕ پانس تام
أسی تہِ چاۆِکھ ظٕہری شراب عجیب

نامہٕ تٕمی ہٕشدی بہٕ یام چھُس مُݜراں
شامہٕ پٕتی چھُم گرݜھاں عذاب عجیب

چھُم فیاضسٓ یہِ جامہٕ ژٕٹہٕ ناوان
کۆر مےٚ پانے یہِ انتخاب عجیب

☆☆☆

# غزل

سَخ تیز وُڑاں واو سیاہ شب چھُ گرٛھو کور
ٲلِج یِرِؤنِس منٛز ناو سیاہ شب چھُ گرٛھو کور

سحرِکی نہٕ تِم خدٕ خال نہٕ کانٛہہ جانور بولاں
خاموش چھُ صحراو سِیاہ شب چھُ گرٛھو کور

تارُکھ نہٕ کانٛہہ پرٛزِلاں نہٕ کانٛہہ زوٗنہِ ہُنٛد پرٛتو
بُتھِ آسہِ کانٛہہ دٕریاو سیاہ شب چھُ گرٛھو کور

چھُم ہے تہٕ یہوے گاش مےٚ یمہِ پہرِ ہنٛز پہچان
یَم ژٲنگی مہٕ ژھوٚراو سیاہ شب چھُ گرٛھو کور

یِیٚتہِ ہے چھُ کتھن ٹھاکھ وتن پٔتھ چھِ مُسأفِر
چشمو چھِ کراں گژاو سیاہ شب چھُ گرٛشھو کور

چمنس نۂ سُہ پأراو تہٕ بُلبُل چھُ پریشاں
چھکراں چھُ گُلن واو سیاہ شب چھُ گرٛشھو کور

یمہِ شہرٕ پٔنٕژ لُر تہٕ چھِ ووٚنی رأوِمٕژ باساں
کأتیٚن برَن پرٕناو سیاہ شب چھُ گرٛشھو کور

پگاہک پٔنُن افتاب رٹُن جولہِ منٛز فیاضؔ
تَم خاب مۂ ژٕہتراو سیاہ شب چھُ گرٛشھو کور

☆☆☆

۱۴/جون ۲۰۰۹

# غزل

قلم دَم پھُٹ گوٚمُت کاغذ چھُ حأران
لفظ ہِکتھ کنِہ سمن حرفٕ پریشاں

لیٚکھُن ہِکیُت چھُس تھوان عنوان ژأرتھ
بہٕ چھُس سوٚنچاں تہٕ عنوانٕے چھُ راوان

شِشٹھیومُت چھُس بہٕ پنٕنہِ نِس آنگنس منٛز
پٔشس سأرِنس ہُکھنہٕ چھُنہٕ شیٚن والان

پٔنٕنۍ أسِتھ تہِ یِم انہار اجنبی
ہجوٗمس منٛز کُنہے زوٗن چھُس بہٕ باسان

کراں چھُس از تہِ وٗنی زبس شب بیدأری
بہٕ چھُس پرٛانِن وتن وُنہِ ژأنگو زالان

وُچھان گامس اندر چھُس خاب شہرٕکی
شہر وأتِتھ مےٚ گامُک سخ چھُ پھیراں

پہوٕاں صُبحے چھِ اکثر دارِ بَر دِژٕ
دوٕہس منز سانہِ گٲژ موسم چھِ بدلان

سیاہ ورقن جراں یاداش ہیوٕ چھُس
بہٕ چھُس تمہِ پنہِ شہرُک نقشہٕ ژھاراں

مےٚ دوٗپ پھُٹراوٕ خاموشی تہٕ ونہٕ ہکھ
زِندے چھُس از تہِ چھُس تِلہٕ گامہٕ روزان

ووٕزِج رِکھ ترٛأوِہم ناوس تہٕ ترأوِن
فیاضسٓ گژھِ سُہ بس آسُن مہربان

☆☆☆

۲۷ستمبر۲۰۰۸

# غزل

پٔنُن ہمدم پٔنُن اِنسان روُوم
پکُن کمہِ کوچہِ چھُم اَنمان روُوم

ہجۆمس منٛز بہٕ پرٛزِنوُس نہٕ کأنٛسے
بےٚ پڑھ شہرس اندر گُن پان روُوم

مےٚ غزلن رِکیُت سماں زن چھَم نہٕ بحرے
نظم لیٚکھٕ ہا مگر عنوان روُوم

وتن زأٹِتھ یِمٕس رتہٕ ژأنگی تھأوِم
سُہ یَس وۆندٕمُت مےٚ بو زۆ جان روُوم

تھواں ہلمس اندر اوُسس بۂ رٔژھرِتھ
یُتے سمہِ ہٕمم تِتُے سۆمبران رووُم

مِٹاوِتھ بازرس تِم ناو تھأوِکھ
پیتھٕن اوُسس بیہٕان سُے وان رووُم

پنٕنۍ پرٛزٕنتھ پنٕنۍ خوشبوٗ مےٚ آسِم
گُلن یُس رنگ مےٚ بو شوٗبان رووُم

یہِ دٔش ہٕتھ چھُس دوٕہے پھیران اتھن کیٛتھ
پیٚتھٕن گنڈٕ ہا مےٚ سُے استان رووُم



# غزل

بۆ تہِ تنٛبلیوٗمُت چھُس انہارس
ژےٚ تہِ ہے نرِ دِژٕ ءمژ چھےٚ نارس

جِگرس منٛز کوتاہ چھُس للہٕ واں
زبٕو چھَنہٕ وُتراًنی اِظہارس

لیٚکھاں چھُس پوٚز زانہِ خدا ووٕنی
داد دِیا کانٛہہ میٲنس شعرس

کُس چھُ سناں، کانٛہہ پامہٕ دِیَم ما
کُس نہٕ گنٛڈاں یتھ وتہِ پٔٹھ زارس

تلہٕ سأً ژٔڈ تو بیٚیہِ متہٕ وٕنی تو
راتھ چھپیٚمژ کتھ اخبارس

رُمہٕ رُمہٕ گُم شیٚہلاوَو تامتھ
ڈافا ترٛاوَو کُنہِ شیٚہجارس

پرٛژھتہٕ فیاضؔس حال سُہ باوی
خبرِ یِواں چھا کانٛہہ بیمارس

# غزل

ییٚتہِ نیرو از دَے زانہِ پگاہ ، یِمہٕ چشمہٕ خبر کیٛا کیٛا ڈیشن
یمہِ چمٕنکی گُل ییٚلہِ یاد پیٚنم دِل داوس لگہِ کتھٕ سلہٕ باون

مےٚ چھُ یادن ہُنٛد اکھ تاج محل یتھ لولہٕ وَچھس منٛز پأرأ وِتھ
میراث یہوے احبانن ہُنٛد رتہٕ اچھرو رٔژھرأوِتھ تھاوَن

یِم ساتھ شیٚہلی گُفتار مٔژھلی یِم پھولہٕ وٕنی گُل موٕلوٕنی منظر
مُشکاوَن پٔکِھ تنہأیی پرٛتھ سفرس منٛز ہمدم آسَن

ژٕری ژٕری چھُم دِلہٕ کِس آیینس یمہِ محفلہِ ہُنٛد اکھ اکھ انہار
یتھ سفرس منٛز گُذریمتی ژٕہی چشمن منٛز میأنٛن جاے کرن

کتھ طرفس آسہِ پگاہ نیرُن ، کوسہٕ تھکہٕ پیٚنڈ آسہِ نصیبس منٛز
نوٚ و صُبح پھوٚلِتھ ووٚنی کس چھِ خبر کم یاد کرن کم مُشراون

باضیے چھِ پنٕنۍ بیگانہ بنان، اجنبۍ چھِ گہے ہمراز بنان
باضے چھُ پہوٲں بے وایہِ اسُن ، باضے چھُ وَسان اوٗش دارِ ٲ چھن

کانٛہہ راوُن پتہٕ دِل سلہٕ باوُن ویٚتراوُن یہِ چھُ سٔبٹھے مُشکل
جذباتھ چھِ آخر جذباتھے دَگ ژاٹلنۍ پیٚیہِ سر تازٕ چھوکن

پھِری پھِری چھُ قتیلَن شعریو اں بے وایہِ وُٹھن پیٹھ از تہِ فیاضؔ
دفناوِنۍ پانے لاش پنٕنۍ بیٚیہِ کفنہٕ سُوٗن دستارٕ کھٕنجن



# غزل

چھُس نۂ ئلی گومُت غوطن تنہا بۂ چھُس
چھَم گمژ کامن کتھن تنہا بۂ چھُس

گوٗژھ تۂ کانٛہہ سمکھُن مےٚ ہے وأنج پھٕٹم
نظرِ چھُس روزاں وتن تنہا بۂ چھُس

تِم نجوٗمی ہا چھِ ووٗنی دَم پھُٹ گمتۍ
تیٖتھ چھُ کھُر آمُت رِکھن تنہا بۂ چھُس

کانٛہہ صداوٕے گوٗو نۂ زانٛہہ میٲنس برس
چھُس وُچھاں یَمہٕ نےٚ لبن تنہا بۂ چھُس

نیرِ کانٛہہ صوٗرت اوے چھُس راتھ دوہہ
پھِری دِواں پرٛانین خطن تنہا بۂ چھُس

کانٛہہ تہِ ہمرازٕے نۂ کانٛہہ ہمدم سمُکھ
پاد پھٕلی ئکی ئکی وتن تنہا بۂ چھُس

نالہٕ زن دِمہٕ ہا بہٕ کرٕ ہا سینہٕ چاکھ
تھاوِ کُس کن آلون تنہا بہٕ چھُس

یُس وِ سُے گومُت چھُ پنہٕ نےٕ حالہٕ از
یُس وِ سُے ییٚتہِ حأرتن تنہا بہٕ چھُس

کُس کسُنٛد سونٛچاں کہِٕس کٕمہِ سُنٛد امار
یم چھِ پرانیے ءِتی سخن تنہا بہٕ چھُس

لاش رِکتھٕ پأٹھن پنٕنہٕ دفنن فیاضؔ
چھُم نہٕ میلأنی کفن تنہا بہٕ چھُس

☆☆☆

# غزل

حرف مُشکاں یَمن خطن خوشبوٗ
تس چھِ پۆزی کنِز تِمن اتھن خوشبوٗ

کتھ ہۍ لفظس چھِ تس گُلاب ہراں
وُٹھ معطر تِمٔس کتھن خوشبوٗ

تس چھِ ژُری ژُری بہأری گُل جامن
چھَس سراپا سُہ پوشہِ تن خوشبوٗ

نظرِ تِمٔی ہِنٛزِ سُہ موسمے بدلیوو
واو مشکیوو چمن چمن خوشبو

لۆبہٕ وٕنی کۆنگ شۆبہٕ وٕنی مسول
مأری مۆنٛز ترِشھ زِ ہن تہٕ ہَن خوشبوٗ

آسہِ دژامُت یپأری کٔنِژ شاید<br>
از چھِ باساں یَمن وتن خوشبوٗ

لیٚکھنہٕ تٔمی ٕسنٛدِ چھِ کاکذے مُشکان<br>
پرنہٕ تٔمی ٕسنٛدِ چھِ محفلن خوشبوٗ

سوے چھِ غزلےٕ عجب ، عجب تخلیٖق<br>
تس چھِ ازلے اٲگن اٲگن خوشبوٗ

تیٖژ سوندر سُہ لیٚکھِ کیٛا فیاضؔ<br>
تس بخشِژ چھِ قُدرتن خوشبوٗ



# غزل

مےٚ للہٖ ؤنٔ چھِم پہؤاں یَم غم دَپیوٖمس
مےٚ روزاں چشمہٖ چھَم پُر نم دَپیوٖمس

ژبتس ہے چھُم پہؤاں آدَن بہٖ کرٖ کیٹا
یِواں وأنٛج مےٚ پھٹہٖ نس چھَم دَپیوٖمس

ژلأنی چھَم نہٖ ازتاں دَگ مےٚ جِگرس
چھوگَن ہے چھُس کراں مرہم دَپیوٖمس

دِواں آلو بہٖ چھُس پۆز کُس چھُ بوزاں
بہٖ تنہا چھُس کراں ماتم دَپیوٖمس

ہرُد ژلہِ ہسم بہارُک واو ڈلہِ ہسم
مےٚ پھولہٖ ہن چانہِ یِنہٖ کوسم دَپیوٖمس

غزل چأنی پرِٛتھ وجدس یِواں چھُس
گرٛشھاں گوشن مےٚ زیر و بَم دَپیوٖمس

بہٖ پھیراں چھُس ہجؤمس منٛز ژٕ ژھاراں
دِواں ؤنٔ ہے بہٖ چھُس ہر دم دَپیوٖمس

# غزل

نہٕ گُل پھولاں تِتھٕ کِنٛ نہٕ خوشبوئی باساں
نہٕ از چھُ باغس منٛز سُہ بُلبُلے بولاں

بہٕ چھُس نہٕ ژٕری تھٕے ووٚنی ہبٕکان یہِ تنہائی
یِواں مےٚ پھِری پھِری چھُم بدس یہوے عنوان

چھُ یُس وِ سُے سمکھان ، وُچھاں مُدے گٔنڈی گٔنڈی
پراں خبر کیٛا کیٛا تہٕ رووُمت ژھاران

شُباں چھُ تارکھ نب ، دۄ پکھ چھِ پرٛزلاں زۄن
مےٚ چشمہٕ مُژراوِم تِتھے اۆنُن باران

خبر سُہ کوتُر ووٚنی گومُت چھُ کتھ طرفس
بیہاں تہٕ بامس پیٹھ سُہ اوس شیٛچھ باوان

پڑژھو کمِس کمُی سُند ، سُہ کُس چھُ جامن منز
دپاں وِ شہرس منز چھُ یُس وِ سُے حأران

ژِ ییٚلہِ وِ تیٚلہِ وُچھمکھ مےٚ شادماں وُچھمکھ
مےٚ توٚر نہٕ فِکرے زانٛہہ بہٕ کیٛازِ اوٗش ہاراں

سُے مارِ موٚت باساں چھُ از تہِ فیاضسؔ
گنڈاں دوہے دشہِ ہن گرژھاں دوہے استاں

☆☆☆

۳۰جون۲۰۱۰ء

# غزل

رأوٕمتۍ باساں چھِ زن کرتام أسۍ
داستانن منٛز گمٕتۍ گُمنام أسۍ

مانہِ روٗس لفظو بٔرِتھ اکھ اکھ ورُق
بے وَزن شعرن اندر اِبہام أسۍ

گامہٕ پیٛٹھٕ تِم دوس اکہِ اکہِ ژٕلی شہر
روٗدیٕمتۍ پتھ کُن چھِ بَس کٔرٛتام أسۍ

ہمسفر أسِتھ تہِ ہمرازے نہٕ کاںٛہہ
ہمشکل أسِتھ تہِ بیوٚن از تام أسۍ

کیٛا کٔنیٚ ووٚنی وقتہٕ کیٛو سوداگرو
روٗد کیٛا پتھ کُن کرو لیٚلام أسی

گاشہِ روٗسی کمرن اندر گف چھا زُوٗن
پھاسہِ کوٚٹبن کھٔتی نہٕ زن سرِ عام أسی

دارِ بر مُژراونس از ٹھاکھ لوٚگ
راتھ بَے سوٗنچاں بَدل کیٛاہتام أسی

یَم تہِ اجنبیٚ ہُمہٕ تہِ نا مولوٗم آسی
موٗد کُس کُس کس دِمو اِلزام أسی

☆☆☆

اپریل۲۰۰۲ء

# غزل

پُرٕژھتہٕ زن حال تٔمۍ ونس کیٛا کیٛا
کیٛا ونس چھُم لیٚکھِتھ منس کیٛا کیٛا

آو زن سوٚنتہٕ شوقہٕ پرٲنی پأٹھۍ
تھاوٕ أُجری أُجری بہٕ ۂدونس کیٛا کیٛا

دردٕ آلو چھِ گردِ منٛز راوان
ہردٕ گُزراں زردٕ پنٛس کیٛا کیٛا

ٹارِ کھۄتہٕ وٕے نہٕ میٛانہِ غزلُک شعر
کۄر نہٕ ارپن مےٚ اتھ فنس کیٛا کیٛا

پیٛڑ خوشبو یہِ کاۓفیتھ فیاضؔ
شبنمن بوو گُلشنس کیٛا کیٛا



۲۱ جنوری ۲۰۰۷ء

# غزل

کانُہہ شِناسےِ نۂ ہم خیال مےٚ چھُم
پنٔنہِ شہرُک یھوے ملال مےٚ چھُم

باوٕنس کیُت نۂ زن کہیں باساں
راوٕنک ہیوٚ وٕن احتمال مےٚ چھُم

یوٗت جمہٕ گٔژھ تہٕ پیٚژ خاموشی
أندرٕ کوٗراں یہوے سوال مےٚ چھُم

أسی تہِ ما بےَ ظٔہری ییٚتی روزاں
سُے تصوٗر تیٚتھُے خیال مےٚ چھُم

چھٔنہِ تھاوس ژُرِتھ بہٕ کتھ حالس
خوٗنہٕ قطرو بُرِتھ یہِ نال مےٚ چھُم

پڑون البم بہٕ چھُس پھٔراں باضے
یاد پھِری پھِری پیواں سُہ خال مےٚ چھُم

حأرتن ہیوٚ فیاضؔ چھُس بأقی
خأرِیتھ چھُم نفیس حال مےٚ چھُم جنوری ۲۰۰۷ء

# غزل

صُبحے مےٚ وُچھم اوس زن پھۆلمُت گُلاب ہیوٚ
شامس سٕہ گہان اوس دوہُک آفتاب ہیوٚ

مۆنگنم تہٕ مےٚ أچھ گاش دِتُس ہوش تہٕ دِتُمس
مۆنگمس تہٕ دِتُن ڈالہِ مےٚ اجنبی عذاب ہیوٚ

پرٛژھمس زِ دِلس چھُے نہٕ اگر آئنہٕ وُچھِتھ وَن
وٕنی تن سٕہ اتھن کیاٛزِ سپُد لا جواب ہیوٚ

اچھرن چھِ پھولان گُل تہٕ گُلن مُشکِ ختن ہیوٚ
باسان سٕہ ورقہٕ ورقہٕ چھُ خوشبوٕنی کِتاب ہیوٚ

پُرٛژھ نُے نۂ تیٚلکی پأٹھی کِہو کیٛا زِ کِتھا پأٹھی؟
اوسےٟ نۂ تمٔسِس زن تۂ أچھن منٛز سُہ آب ہیوٚ

یکھِ ہے تۂ اِی زِ از تۂ سُے آدٕنی مِزازٕ ہتھ
انہٕ کھے تۂ أنی زِ ہستی کانٛہہ سرتازٕ خاب ہیوٚ

گوڈٕ ہے مےٚ وِنیوے زِ یہِ چھَے کرٛہٹھ کہأنی
پرٕکھے تۂ خبر زرٕکھِ وٕنٛ گوٚگری زِ تاب ہیوٚ

فِکرے نۂ طبیبس تۂ تراں دود چھُ فیاضؔ
کہٕیایہِ وِنیومس زِ مےٚ چھُم اِضطراب ہیوٚ



۱۵مارچ۲۰۰۶ء

# غزل

ژٕے تہٕ تشنہٕ لب اکھ اکھ سوال
مےٚ تہٕ حل طلب اکھ اکھ سوال

یمہٕ سرحدُک اکھ اکھ دیٖوار
اکھ اکھ کرب اکھ اکھ سوال

آساں لفٕظ پوٚز معنہٕ کٔنہٕ
باساں غضب اکھ اکھ سوال

پھِری پھِری پرٛژھاں بیوٚن بیوٚن جواب
چھُم روزٕ شب اکھ اکھ سوال

تھووُکھ نہٕ وارٕے سوٚنچنس
تروٗوُکھ عجب اکھ اکھ سوال

بےٚ چھُس سوالن ہُنٛد نِشاں
میونٔے سبب اکھ اکھ سوال

اکھ اکھ نفر اکھ اکھ نظر
معنیٰ طلب اکھ اکھ سوال جُلےٚ ۲۰۰۷ء

# غزل

روومُت کیٛاہتام از ژھاران ہیوٚ
دارِ پیٹھ بُلبُل چھُ از حاٲران ہیوٚ

چشمہٕ نَے تُجہِ نےٚ تھوٚد ونہٕ ہس تہٕ کیٛا
لیٚکھنس کِیُت ہے دِتُن عنوان ہیوٚ

ماٲری مٔنڈی یم گُل جُرِتھ شعرن اندر
چھُم یِواں بروٚنہہ کُن پٔنُن جانان ہیوٚ

چھُس کمِٕس تامتھ بہٕ وٕنی پھِری پھِری دِوان
چھُم کسُنڈ تامتھ مےٚ از پھیران ہیوٚ

نامہٖ بَر دڑامُت چھُ شاید یۏری کُن
واو چھُم باساں مےٚ از مُشکان ہیۏ

گۏژھنہٖ خابن منٛز مےٚ بۏیہٖ تیٚتھ خاب یُن
چھَم نینٛدرٕ گجمِژ أچھن تیلاں ہیۏ

چھوکھ اوے للوِم پیٚیَم ژالنٛہٕ یہِ دَگ
اوس رٔژھرأوِتھ مےٚ اکھ ارمان ہیۏ

ساقین تھٔونم یہے لادن دوہے
ترٛیشہِ قطرن تھووِنس کریشان ہیۏ

چھَم خبر کٔمۍ سٕنٛز نظر لجمِژ فیاضؔ
دود چھُم أندری وَچھس کۏران ہیۏ

☆☆☆

۱۱؍جون۲۰۱۱ء

# غزل

گہاں تہِ آفتاب ہیؤ
پھولان چھُ اکھ گُلاب ہیؤ

جرس بہِ کم بہأرِ گُل
سُہ ہے چھُ لاجواب ہیؤ

مےٚ سینہِ کِس صفس صفس
چھپاں سُہ گوٚو کِتاب ہیؤ

أچھن تہِ اورِزوے تسُنٛد
دِلس تہِ اِضطراب ہیؤ

ہیٚواں تہِ چھا خبر سُہ زانٛہہ
سُہ ہے گوٚمُت چھُ خاب ہیوٚ

مےٚ چھُم نہٕ شکوہ کانٛہہ وِ گوٚو
زرُن پہٕواں عذاب ہیوٚ

مےٚ چھِم نہٕ تِتھی لفظ بدس
یہٕ لیٚکھِہ ہس خطاب ہیوٚ

عجیب چشمہٕ چھَس فیاضؔ
حسین اِنتخاب ہیوٚ

☆☆☆

۴ جُلے ۲۰۱۰

# غزل

ستھ سۆرِتھ یَتھ وتہٕ منٛز چھُ پیٚمُت ،وتہٕ گژھ چھُ نِچوٗر
کۆٹھی کھوکھشہِ کراں رتہٕ ٹٕری چھُ گۆمُت ، وتہٕ گژھ چھُ نِچوٗر

ووٚنۍ واتہِ یہِ رِکتھٕ کنٕز بُستی کُن، کاٹھہٕ دِل رنٛزٕوٕس
کٕمۍ تاں چھُس ڈکھِ وُن عاصہٕ نٕمُت،وتہٕ گژھ چھُ نِچوٗر

یِتھٕ زُوِ نہٕ یہِ یَتھ طوٗفانس منٛز یُتھ چھۆن تہٕ چھۆتُے
أمۍ آسہِ تہٕ زہرُک پیٛالہٕ چیٚمُت ،وتہٕ گژھ چھُ نِچوٗر

کتھِ کتھِ پیٹھ ٹٕلی کنہِ کنہِ کۆرِ وُن ، کس کیٛا لاریوو
یہِ چھُ پرٕژھیۆن أمۍ کس کیٛا چھُ کھیٚمُت ،وتہٕ گژھ چھُ نِچوٗر

کُس بوزِ أمِس آلو تہٕ کٕمِس ووٚنۍ دارِ ہَلم
اِی اوسُس تی چھُس ضایہِ گۆمُت ،وتہٕ گژھ چھُ نِچوٗر



۱۹۷۸ء

# غزل

میے کریوَے ژےٚ سال، آیوِکھا
توتہِ پڑٛژہِ ہکھ مےٚ حال، آیوِکھا

تیؤت ہورُم مے اؤش أچھو وُچھِ ہگھ
چھُم رُنیومُت ییہِ نال، آیوِکھا

زاٗنہہ ژٕ وٕنتم جواب ما پھورُے
ءکتی ءگری مے سوال آیوِکھا

ٹوٗٹھ زوٗ چھُم ییہِ آیتن تھوٕ ہے
ڈالہِ دِمہٕ ہے بہٕ لال آیوِکھا

تھٕوی مےٚ کم کم گُلاب سوٚمبرأ وِتھ
ناٗلی ترٛوٕ ہے بہٕ مال آیوِکھا

کُس چھُ رٔنٛزِ واں، سُہ کس چھُ چشمن آب؟
کَس اتھن کیٛتھ ہٕ زال آیوکھا

کُس مےٚ سمکھم تہٕ کتھ پڑاوس پیٹھ
پانہٕ وُچھہکھ مےٚ فال آیوکھا

ساز وایاں مگر ہِنس چاۓِنس
أسی پرٛاراں قوال آیوکھا

دۄپ مےٚ از نے پگاہ مےٚ نِش واتکھ
توتہِ ہاوَکھ جمال آیوکھا

أسی پھِری پھِری پرٛژھاں یہِ رِکرٛھ خوشبوٗ
دِژ مےٚ چاۓنی مِثال آیوکھا

دارِ کٔنٛز ہے دوہے مےٚ دِتٕی مےَ ناد
دۄرِ مأرِتھ ژرٛےٚ ڈال آیوکھا

ساٰنہِ کنہٖ وارِ کٔنِٔ ژٖ یِکھ شاید
دؤپ مےٚ تڑٰاوکھ ملال آیوِکھا

رأتی رالتس بَرس پیٹھٕے رؤدُس
ژونگ دؤپتھم ژےٚ زال آیوِکھا

تھٔوی زِ ہے پوشہِ وُن مےٚ اکھ احسان
ہٕوی زِ ہے کاٰہہ کمال آیوِکھا

پڑھ مےٚ أسم یِہم نِہم فیاضؔ
توتہِ وُچھِ ہن سُہ بال آیوِکھا

☆☆☆

۱۸/اگست ۲۰۱۷

# غزل

راتھ بێیہِ دوٗد شہر اکھ قیامتھ گَیم
اوس کیٛاہتاں قہر اکھ قیامتھ گَیم

گُس گُلستاں مےٚ گو ہرِدٕ بُزی دوستو
لٲج کھٕنٛز تاں نظر اکھ قیامتھ گَیم

دَگ مےٚ آٲسم وَچھس باکہِ اوٚسُس ژھٹاں
ہیٚژ نہٕ کأنٛسے خبر اکھ قیامتھ گَیم

دوٚہی دوٚہس تاپہِ ژٕنٛجہِ منٛز بہٕ روٚدُس دزاں
دَپھ ژٕ اکھ اکھ پہر اکھ قیامتھ گَیم

ژوٚل نہٕ زوٗنیے گرٛوہن ڈوٚل نہٕ ہرگز یہِ شب
پھوٚل نہٕ بِلکُل سحر اکھ قیامتھ گَیم

نٮ۪برِ اڑنگ چھوکل أندرِ وأنج پھٕٹم
کر تہٕ کوتا جِگر اکھ قیامتھ گَیم

وتھ نہٕ معلوٗم کاڑہہ ، ہمسفر نا ٕکہنٛی
تیوٗت مُشکل سفر اکھ قیامتھ گَیم

ترٛیشہِ گوٚل نے دِتُکھ کرٛیشہِ وُن تھووٕہس
کھیوٕہس ہے زہر اکھ قیامتھ گَیم

لیٚکھہِ کیٚا از فیاضسٓ چھُ قلمےٚ نٹان
روو اکھ اکھ اچھر اکھ قیامتھ گَیم

☆☆☆

۴ر اگست ۲۰۱۰

# غزل

مےٚ دِژ تِتھے زُوِچ براتھ
بلایہِ ئٲج کٕمِس یہِ راتھ

اَساں اَساں چھِ شہہ ژھوکاں
یہِ زندگی چھِ وأری داتھ

دِلس اگر تِتھے گرٕژھبس
دٕ پِو خُدا دِین نجاتھ

پیٚتٕبن تہِ ووٕنی کتٕبن چھپَو
ہُتٕبن تہِ کیٛا چھِ سأنی باتھ

غنیٖمتھے چھِ پوٗشی تن
یمے کٕڈٕری تہٕ کرٲٹھی ساتھ

عجیب داستاں فیاضؔ
وَنے بہٕ کٕتی حأری ثاتھ

☆☆☆

۱۹۷۷ء

# غزل

راتھ دِیُت ہس دپاں پھاسہِ کوٗٹیُک سزا
ہمشکل اوسمُت آسہِ میونُے سُہ کاںٛہہ

گامہٕ والِبن چھُ سُے از تہِ وِردِ زباں
شامہٕ پٔتہٕ بو گیوٚاں یُس غزل بار ہا

کاںٛہہ تہِ سمکھاں نہٕ بوزاں چھُ کتھ کأںٛسہِ ہٕنٛز
زانہِ دَے از نصیٖبس لیٚکھِتھ آسہِ کیٛا

اکھ بہٕ تنہا تہٕ بیٚیہٕ یادٕ کینٛہہ ستیٚ چھَم
تاپہٕ قہرس اندر چھُس کراں وَے وبلا

یَم تہِ دَم پھُٹ گمِتی ہُم تہِ خاموش از
بس چھِ چشمو کراں اکھ اَکِس الوِداع

لیَکھِ ییٚلہِ ییٚلہِ نظم چھُکھ مےٚ عنوان ژِ ے
غزلہِ شعرن اندر چاۓٚ اکھ اکھ ادا

ییتھ مکانس کہنز تام لگِمژ نظر
از نہِ دأرِ ے چھِ ترٛٹھ کانٛہہ نہِ ڈلوٗن ہوا

چھَس نہِ نیندر رِ ے یِواں سوکھ تہِ چھُس روومُت
آسہِ کیٛاہتام ڈیشُن فیاضؔ پگاہ

☆☆☆

۱۱؍اگست۲۰۱۰ء

# غزل

نہٕ ڈۄل ہوا سوٚنتھُک نہٕ پھۄل کھٔنہٕ گُلزار
عجیب از باساں چھُ موسمُک انہار

کھٔنہٕ نہٕ تیُتھ سمکھاں چھُ ییتھ ہجوٗمس منٛز
نہٕ کانٛہہ پنُن دِلبر نہٕ کانٛہہ پنُن غمخار

اَچھر تہِ ٲلی گاٛمتی لفظ تہِ بے معنی
کرے تہٕ کرِ کتھٕ کٔنہٕ بہٕ داستان اِظہار

أندٕری چھِ دارے بنٛد برن قُلف ٲری ٲری
نیٚبری گٔنڈِتھ پرٛتھ أندی چھِ آنگنس دیوار

سۄ اکھ مۆنٛج سُرخی چھپے ہیٚ کر از تام
مےٚ چشمہٕ ہے لوسم وُچھاں دوہے اخبار

مےٚ از تہِ یِمؠ اٚنن سوال پرٛژھی پھِری پھِری
جواب کیٛا دِمہٕ ہس بہٕ چھُس اتھٕن لاچار

تھٲکِتھ ژھیٚنِتھ پیٚمتۍ کتھٕن وِ ترٛاوَو ڈاف
ہُتھٕن چھُ آبہٕ آب یِیٚتھٕن چھُ نارے نار

ہیٚواں نہٕ خبرے کانٛہہ فیاضؔ تِلہٕ گٲمس
چھُ دارِ بنٛد کمرس اندر سُہ سخ بیمار

☆☆☆

۱۷؍اگست۲۰۱۰ء

# غزل

صُبح چھُم ، باغ چھُم ، مستانہٕ دِل چھُم ، سوٗنتھ چھاوُن چھُم
سُہ گۆژھ خابن مےٚ نیرُن تَر بہٕ دپہٕ ہا تازٕ یاوُن چھُم

دِلس گُل مُشکِنٕچ کل ہِش جَلن ہِنٛدِ بولنُک ہاوَس
وَچھس باساں شٕیٖجِ دگ ہِش دٕپو شاید مےٚ راوُن چھُم

سُہ یاوُن نٲری پوشن ہُنٛد تہٕ ہر موٚکھی پرٛزٕلوٕنی سنگر
أچھن تَل روٗسی مالیُٛن چھُم وُٹھو کیٛا کیٛا نہٕ باوُن چھُم

بہٕ چمنَس منٛز گوٚمُت دَم پھُٹی، ہُہ بامس پیٹھ کتھن کرٛ یشان
یہِ بُلبُل نغمہٕ گیوٕ ناوُن ہُہ کوتُر بولہٕ ناوُن چھُم

بہٕ تتھٕی محموٗدٕ سِنٛزِ لیہِ منٛز غزل مہجوٗر سِنٛز گیوٕ ہا
وُچھو یِہن ما نشاطکی گُل یہِ آلو آزٕماوُن چھُم

دوہس اکھ اکھ ورُق راواں تہٕ ہَن ہَن چھُم مےٚ چھکُراواں
یہِ البم راتہٕ کِس راتس پِھواں سۆمبرتھ مےٚ تھاوُن چھُم

مےٚ چھِم پھِری پھِری گُمانن منز پرٛژھن ہٕنٛدی اورِزوے ووتلاں
نظر بێیہِ لوسہٕ ناوِنۍ چھَم جِگر بێیہِ آمہٕ تاوُن چھُم

کنٛڈ ہن ہٕنز ہِش عبارت چھُس پراں پرٛ بتھ پھولہٕ وٕنِس ٹوٚرس
یہِ کیٛتھ موسُم گُلالن منز تہِ ووٚنۍ دامن بچاوُن چھُم

اگر بێیہِ سوٗنتہٕ بوے وُچھنم ، سراپا ژاونم پرٛژِ نِتھ
یَمن شعرن گٲژن تامتھ خبر کیٛا کیٛا چُکاوُن چھُم

بےٚ سوکھ أندرِم یہِ تنہأیی، یہِ نێبرِیُم شورٕ شر فیاضؔ
مےٚ یَمہٕ نےٕ سرحدن اندر پنٕنۍ دُنیا بساوُن چھُم

☆☆☆

اپریل۲۰۰۴ء

# غزل

گُلو دِتِی چاکھ جامن ، دِلِن گُیہِ شادمائی
خبر کُئی تام آلِو امارس زِندگانی

وَچھس اندر گُلابس، شباٸکی نغمہِ ووتلاں
بۆمبُر پھِری پھِری چھُ مولہِ واں یمبر زلہِ ہٹز جوانی

گِنڈاں فلوآے ہوسن چھِ واوِچ گڑاے صُبحے
سنگر پھۆلی تھےٕ چھِ ژبتراں شٕچ اڑ لیٚچ کہانی

چھُ لایاں ہرنہٕ چشمو سِتم گر تیٖر باراں
جِگر چھوکہٕ لد وُٹھن پپٹھ چھِ لوٕچ بے زبانی

حسینا ماہ جبینا دِواں آلو چھُ پھِری پھِری
متیوِ قدمن وندے رتھ متو ژلتم روانی

نظر تئی ٹارِ تژاوَکھ حیاٸکی پیٚالہٕ چاوکھ
تھوکھنا ووٚنی مےٚ لادن کرکھنا مہربانی



# غزل

پِننہِ شہرِکی نِشاں بےٓ کیٹا ونہٓ ہس
اوس پھِری پھِری پڑژھاں بےٓ کیٹا ونہٓ ہس

ناد دِمہٓ ہس سُہ حال ما پڑژھِ ہے
بَو نہٓ روپی سماں بےٓ کیٹا ونہٓ ہس

ییٚلہِ تہِ سمکھیو سُہ سوٹتہٓ بُلبُل اوس
شعر میٹأنی گوان بےٓ کیٹا ونہٓ ہس

ٹارِ کھُڑمَے نہٓ کاٹھہ حسین تشبیہہ
زہو مےٚ اَسم کلاں بےٓ کیٹا ونہٓ ہس

ہاوِ ہس کیٹا بےٓ بوٗنہِ ہُنڈ شیٚہجار
بَو نہٓ نارےٓ ہماں بےٓ کیٹا ونہٓ ہس

پیٹۍ چھوکھ چھُکھ ژٕ رِکتھِ کنبتھ ژالاں
اَنہٓ اوسُم پڑژھاں بےٓ کیٹا ونہٓ ہس

دَگ مےٚ اَسم انگس انگس فیاضؔ
رأتی راتس تیٚلاں بےٓ کیٹا ونہٓ ہس ستمبر۲۰۱۰ء

# غزل

سُہ سوݩتھ ہے اِیہِ ہے یپأری گُل پھولۂ ہن
شیہُل ہوا ڈلہِ ہے چمن مُشک ژھٹۂ ہن

ژۂ ھرے نظر دِیہِ ہے مےٗ کِنۂ اگر اِیہِ ہے
سُہ آلوۓ کرِ ہے مےٗ دأدی ہے بلۂ ہن

بۂ گڑاوِ ما کرِ ہس ، سوال ما پڑژھِ ہس
تِمِس اگر وُچھِ ہا بۂ آب وُنہِ چشمن

سُہ کُس نۂ بَو پأرِتھ تھواں پنُن آنگُن
سُہ کس نۂ بَو مُشکاں پنُن پنُن مسکن

سُہ تالہِ رَز نپۂ وُنی سُہ ساگۂ لر خوشۂنی
سُہ بنگرِ شروٗنی ہے چھُم مےٗ زہو دِوان جذبن

نفیٖس بوَ شۄباں سُہ مأری مۆند مخمل
عجیب صۄرت آسِ تِمن چھِٹل جامن

مےٚ دۄپ ونکھ تامتھ جِنازِ متہٕ پٲری تو
چھِ مائزِ گُل تازے چھُ کورِ وُنہِ وردَن

یہِ تاپہٕ ژٲنڈ ژاۓلنۍ چھِ کرہٕٹھ ووٚنۍ باساں
خُدایہِ متہٕ ہٲری تن یہِ پَن سبٕز بونٛن

چھِ ترٛیشہِ ہٲتی سمکھاں دوٚہے وناں پھِری پھِری
خبر پگاہ روزِیا وُزِنۍ یِمن ناگن

یِمن بہٕ ٹاٹھیومُت تِمو دُعا گٲری ہم
دِلاسہٕ فیاضسؔ دِتُم تہنٛدی لولن

☆☆☆

۲۷ / جُلے ۲۰۱۵ء

# غزل

عجیب اِنتشار اوس
ظٸہری سُہ سَخ بہمار اوس

وَداں تہِ بَو گھے اما
اساں سُہ بار بار اوس

یێتہِن ژ ٚے ݣنڈی سناں اتہِن
گُلن تہِ کیٚا شُمار اوس

مُدے گٔنڈِتھ وتَن وُچھاں
کٔمِس نہٕ اِنتظار اوس

کِمُس نہٖ آب بوَ أچھن
کِمُس نہٖ اعتبار اوس

مےٚ کنِہٕ تہٕ ڈالہِ ہٕتھ گھے
یِوان گرٕ شھاں بہار اوس

دپان غزل پران پران
فیاضؔ اشکبار اوس

☆☆☆

نومبر۲۰۱۶ء

# اکھ شعر

ونہٕ وِگہٕ نبٕن سنہٕ گومُت سازس
منہٕ سۆ درُے دَم پھُٹِ یندرازس

☆☆☆

# غزل

گو زمانا مےٚ خاب سۆمبراوان
تیتۍ خوشبوٗنۍ گُلاب سۆمبراوان

چھُس بۆ ''ہَن ہَن تلاش' سۆمبراوان
'لاجوابس' جواب سۆمبراوان

سانہِ کیٚا کیٚا نہٕ أسی چھٕکراوان
پان روٗدُس جناب سۆمبراوان

کُس ہواں چھُم؟ تہٕ کمۍ کُنس ؟ کِتِس
چھُس بۆ تھوٗکمُت حِساب سۆمبراوان

مُشکہِ اِدفر تہٕ مأری مٕنٛدی انہار
دِل چھُ لوٗبِ لُباب سۆمبراوان

شوقہٕ شأعر یِواں چھُ شعرن منٛز
کتۍ مدٕ مٕتۍ شباب سۆمبراوان

چھُم تھٲیکُن کِیُت سبٕھاہ مےٚ آسُن چون
چھُس بہٕ چانٕی خطاب سۄمبراوان

نیکھ کاکذ قلم تہٕ سونٛچُن تام
چشمہ پوٚشم کِتاب سۄمبراوان

میون اسہٕ وُن دہانہٕ متہٕ زٕریٚتن
چھُس تِمن کیٛت حُباب سۄمبراوان

یورٕ روٗدُس بہٕ بأگراواں لول
اورٕ روٗدُس عذاب سۄمبراوان

کأشرِس چھَم نہٕ پڑھ یِواں تِتہِ چھا
أسی چھِ کأشُر نصاب سۄمبراوان

چانہِ رتہٕ ٹیٚکی چھِ أڑی کراں فیاضؔ
تِم چھِ شاید ثواب سۄمبراوان



۱۲/اگست ۲۰۱۷ء

# غزل

منس منٛز تازٕ کانٛہہ پرٕخاش آسبس
غزل لیٛکھیا تِتھے کانٛہہ راش آسبس

تِتھے دِیہِ ہے نٕہٕ پھِری پھِری بوسہٕ ٲنس
خبر کوٚرمُت یہِ کٔمۍ شاباش آسبس

تھواں راتس چھُ بڑٛاندس ژوٛنگ زٲلِتھ
بچیٛمژٕ وُنہِ تہِ کوسہٕ تاں آش آسبس

ٲچھن منٛز سوٛنتہٕ پھُلین ہٕنٛدی طمع چھِس
کڈان کل پڑٛون کانٛہہ یاداش آسبس

پڑژھس کیٹا تھکھ دِنس آسبس نۂ فُرصتھ
نکھس پنۂ نیے وجۂدِچ لاش آسبس

گُلبن منز چھُس رُنیومُت نال روٗٹمُت
گوٚمُت سٔری پیٚٹھی تۂ کیٹا برداش آسبس

خبر کٔمی سُنٛد تصوٗر نالہِ رٔٹۍ رٔٹۍ
یِوان پھِری پھِری وُٹھن پیٹھ کاش آسبس

بَدس فیاضؔ جِگرِکی خاش ہیتھ از
ظٔہری کس تام سُنٛد فورماش آسبس

☆☆☆

# غزل

سَپدن وِنٛ ملاقات سۄ کتھ باتھ چھِ جأری
بدلن دپاں حالات سۄ کتھ باتھ چھِ جأری

چھاپان دۄہے اخبار چھِ باوَن ظٲہری کیٛاہتام
ہاوَن وِ کرامات سۄ کتھ باتھ چھِ جأری

لاگن چھۄکن بُلغار وِنٛ عاشق اِکھِ یاوُن
چھاوَن مغل باغات سۄ کتھ باتھ چھِ جأری

نیرن وِنٛ جاناوار دپان ہۆیہِ تہِ وَنن کُن
ژھارَن پٔنٕز کھنٛڈرات سۄ کتھ باتھ چھِ جأری

بُلبُل گۄِن نغمات ، گُلن پھیرِ جوٲنی
مُشکن وِنٛ ہۆیہِ طرفات سۄ کتھ باتھ چھِ جأری

باوَو کٔمِس احوال تہٕ تھاوَو وِنٛ کٔسٕنز آش
ہاوَو کٔمِس جذبات سۄ کتھ باتھ چھِ جأری

شہرن یٔہے ژلہِ لار تہٕ گامَن تہِ یہوے حال
نہٕ چھُ دۄہہ تہٕ نہٕ کُنہِ رات سۄ کتھ باتھ چھِ جأری

☆☆☆

نومبر ۲۰۰۸ء

# غزل

خوشبوٗ چھُ ژھٹاں واو ظۄہری ہاوِ سُہ دیدار
ٲلۍ پھوٚلی نہٕ یِم صحراو ظۄہری ہاوِ سُہ دیدار

سُے ماٲری موٚنٛد انہار تسُنٛد چھُم مےٚ أچھن تَل
زہوِ پیٹھ مےٚ تسُنٛد ناو ظۄہری ہاوِ سُہ دیدار

لتس ونہٕ بہٕ میٛانِہ آلون تھووُتھ نہٕ زنٛہے گَن
از کرٕ بہٕ تٔمِس گرٛاو ظۄہری ہاوِ سُہ دیدار

گُل ہے چھِ پھولان پوشہِ مُتٔ ہُمہٕ جانور بولاں
سُے سونٛتھ سُلے آو ظۄہری ہاوِ سُہ دیدار

شِنۂِ مانہِ کراں ناز عجب ساز تۂِ آواز
خوشوُن چھُ یہِ ڈٲری یاو ظٲہری ہاوِ سُہ دیدار

دارٕن تۂِ بَرن پرٕدٕ گٔنڈِتھ کوچہِ چھِ پٲرِتھ
آنگُن تہِ ہے مُشکیٲو ظٲہری ہاوِ سُہ دیدار

اخبارٕ صفَن ہے چھِ چھپیمٕژ تسٕنز تصویر
از چھُس کٔرِتھ پٲراو ظٲہری ہاوِ سُہ دیدار

تٔمی ہے چھُ خطس منز تہِ لیٚکھِتھ تھووُمت فیاضؔ
تِم خاب ژٕتس پاو ظٲہری ہاوِ سُہ دیدار

☆☆☆

۲۷/مارچ ۲۰۱۴ء

# غزل

ژ‍ٕترُن کمِٕس نہٕ روزے ، پیٚترُن کمِٕس نہٕ تھاوِیے
یتھ وتہِ چھِ ءکتی کرتچھر گس گس نہٕ کرٛیشہِ ناوِیے

تتھٕی بونہِ تل سمیے ءمتی لُکھ از چھِ بیٚیہِ تتھے کنٕہ
بیٚیہِ بآزی گر نوٚوِے از کیٛاہتام بآزی ہاوِیے

لوٚبہٕ ہگھ تہٕ تاوِ تلہٕ نے ، پرٛزنوٕ ہکھ کرَکھ کیٛا
سُہ چھُ خوش نصیب وٕنی زٕس یمہِ شہر یُس تہِ راوِیے

وتہِ چھُس بہٕ نظرِ روزاں از نَے پگاہ تہٕ واتہٕ
کتھِ تارٕ ہے سُہ کرِ ہے محفل سُہ مُشکہٕ ناوِیے

خاموش پوٚرٕ بُستی لُکھ دارِ بَر چھِ ترٛوپرِتھ
پیٚتہِ کُس مُسآفرس ووٕنی یمہِ رآژ ژونگ ہاوِیے

یمہِ آنگنُک سُہ یاوُن فیاضہٕ پرٛژھی زِ سروَن
پانے وَنکھ زِ میرٕن تِم شعر کیٛازِ باوِیے



جنوری۲۰۱۰ء

# غزل

تازٕ ہوٕہے ڈۏل نہٕ یتھ بُستی اندر
کانٛہہ گُلابا پھۏل نہٕ یتھ بُستی اندر

ییٚتہِ چھُ وُنہِ دُشوار سڑکو پیٚٹھو پکُن
شین بِلکُل گۏل نہٕ یتھ بُستی اندر

تَم حکیمے ہے گُمتی نایاب ووٕنۍ
کانٛہہ بیمارے بۏل نہٕ یتھ بُستی اندر

آفتابٕ وُنہِ چھُ اوٚبرس ژھایہِ ہۏل
وُنہِ تہِ گٹہٕ زوٚل ژۏل نہٕ یتھ بُستی اندر

کُس نہٕ اوٚش قطرو بدل ہاراں چھُ خوٗن
نال کانٛسے چھۏل نہٕ یتھ بُستی اندر

دارِ بَر دِتھ تھۆدرِ نارس راتھ دوہہٕ
وَچھ پیٚنُن کُنۍ تۏل نہٕ یتھ بُستی اندر

انہہ بن خابن تہٕ ارمانن فیاضؔ
کفنہٕ کُنۍ أکی ووٚل نہٕ یتھ بُستی اندر

☆☆☆

ستمبر۲۰۱۰ء

# غزل

چھُکنہٕ نیراں پکھن تہِ واش وُچھو
جانہٕ وارن چھُ اُلی ناش وُچھو

قبرِ وارَن چھِ لُکھ کراں تھپہٕ تھپ
کفنہٕ ؤلی ؤلی چھِ شہر باش وُچھو

آمہٕ تاوِچ یہٕ دگ چھِ کأژا کرِتھ
یُس تہِ سمکھاں سُہ زِندٕ لاش وُچھو

کأنْسہِ رؤزِے نہٕ کأنْسہِ ہُنز پہچان
یِیٚتہِ ژھوکیومُت اُچھن سُہ گاش وُچھو

دِتّی فیاضؔ تہِ دردٕ ہُتّی آلو
کس نہٕ جِگرس گمِتی چھِ خاش وُچھو

☆☆☆

۱۹۷۵ء

# غزل

لفظٕے چھِ اِظہارٕکی گٕمتی نایاب وٕنس کیٛا
تشبیہ بہٕ کیٛا لیٛکھس سٕہ ہے افتاب وٕنس کیٛا

پھِری پھِری مےٚ وُچھاں از تہِ چھُم چشمن سٕہ تِتھے پاٗٹھی
میے چھِم رُٕیمتی آدٕنکی تِم خاب وٕنس کیٛا

پُرٛژھنم چھُ بناں، چھُے ژےٚ وُٹھن پپٹھ یہِ کھُنٛد ناو؟
ونہٕ ہس تہٕ مگر ہیٚکہٕ نہٕ گٔرِتھ تاب وَنس کیٛا

ذٕری یاو کیٛا ہاوس بہٕ اتھٕن ہے چھُ از صحراو
ناگن نہٕ وُزاٗنی چھُ وٕ بیٚتہِ آب وٕنس کیٛا

اوُسُم طمع اِیہِ شوقہٕ ساں ووتھراوٕہس کمخاب
ہِتھ کٕنہٕ بہٕ وٕنس چھُم نہٕ کینٛہہ ذٕسیاب وَنس کیٛا

قلمِ چھُ گومُت تھامہِ ہُہ چھُم نامہِ بَر پڑاران
پٹھ کنہِ بہِ خطس لیکھِ کم القاب ونس کیا

گُل اَسی پھولاں سونتہِ تہِ مُشکاں سمن بَل
سمکھاں نہِ وِنْ تَم پوشہِ مُتؔ احباب وَنس کیا

روے چھُم نہِ سماں زبو تہِ کلاں چھُم مےٚ از فیاضؔ
کِتھِ کنہِ بہِ عرض کرِ تمِس آداب ونس کیا

☆☆☆

۳۰ دسمبر ۲۰۱۰ء

## زِ شعر

دارِ بَر ترٛوپرِتھ چھِ از شہرس ژوپأری
نیزِ ووتھراوِتھ چھِ از شہرس ژوپأری

اوس مےٚ تہِ وُچھمُت ظٲہری کرتاں یہِ خاب
جانور چھکِرتھ چھِ از شہرس ژوپأری

☆☆☆

# غزل

یتھ بارٕ ہجوٗمس نہٕ کہنۍ اَنتھ نہٕ ٹھہراو
آلو بہٕ زن دِمہٕ ہا مےٚ ژٕتٕس چھُم نہٕ کہنۍ ناو

خاموش بٔٹھٕن پٔٹھ تہٕ تماشا چھِ وُچھاں لوٚکھ
چھُس ناوِ منٛز یِرٕوٗن بہٕ پکاں تیز چھُ دٔریاو

وُچھِ وَے تہٕ بیٚیہِ سوٗے مثنوی تخلیق چھِ سپدان
آوارٕ چھُ مجنوٗن تِتھُے تاپھ تہٕ صحراو

صُبحن تہِ سیاہ پردٕ چھُ اوٗبرٕکی ولاں افتاب
شامن نہٕ دزاں ژاٗنگی چھُ تمہِ آیہِ وُڑاں واو

باساں وُٹھن پٹھ چھُ تس کیٔاہتام عجب راز
پُرژھنم زِ چھُیا تاب مےٚ دۆپمس زِ ژٕ اَزماو

یتھ دارِ بنٛد کمرس اندر ووٗنی گو مےٚ زمانا
پیٚوسے نہٕ ژتٕس کاٗنسہِ ، کانٛہہ درٕوآزی تہِ ما آو

لیٚکھاں خطس منٛز چھُ تہِ نیٚزٕ ہِوی الفاظ
کٔہیایہِ ونیومس مےٚ مَہ یَم میٚانٛی چھوکھ نہناو

اکھ اکھ ادا تٔمی ہنٛز چھِ کراں حاٗرتن فیاضؔ
پھِری پھِری مےٚ وُچھاں چھُم تہٕ چھُم کیٔاہتام کراں گڑاو

☆☆☆

۵ستمبر۲۰۱۰ء

# غــزل

تہِ چھَم خبرے چھُ تس از بوش ؤنی زبس
کتھن میأنبن تہِ تھاوُن گوش ؤنی زبس

سُہ ییٚلہ سمکھاں ، کلاں چھَم زبو ونس کیٛا
مےٚ چھا تمہِ ساتہِ روزاں ہوش ؤنی زبس

پکاں بیوٚن بیوٚن خبر کیٛا کیٛا چھِ سونٛچاں
چھِ سأری ییٚتہِ گٔمتی خاموش ؤنی زبس

یہُس ما سأنی کنِز ڈوٗل سوٗنتہِ واوِے
پھوٚلی نا آنگنس تِم پوٗش ؤنی زبس

وُچھاں چھِم بازرِکی یِم گرٛاکھ پھِری پھِری
پکاں چھُس لاش ہٮتھ بردوش ؤنی زبس

توٗژھے نا ژاپِنج ووٗنۍ چھَم نۂ بِلکُل
متا ووٗنۍ روٗشتم ، مو روٗش ؤنۍ زٕبس

کُنہٕر چھُم ہِستی بَس یِم دارِ بَر چھِم
بۂ یِتھ کمرس اندر بے ہوش ؤنۍ زٕبس

ڈلس کُن چھَم نظر ژیِی ہے وینیوتھَم
بۂ واتے ییٚلہِ پھوٗلن پمپوش ؤنۍ زٕبس

غزل سر تازٕ از لیٚکھاں چھُ فیاضؔ
ظٔہری چھُس پیٚالہٕ کوٚرمُت نوش ؤنۍ زٕبس

☆☆☆

۳۰/ اکتوبر ۲۰۱۰ء

# غزل

چون راوُن ، زرُن طُفان لگے
چانہِ راوِم سورُے جہان لگے

نیٖزِ ژأیِم تہٕ نار شروپرووُم
زاٹھہ تہِ گوہم نہٕ مہربان لگے

کٔمۍ سأ آشن مےٚ گاش ژھوٕرووُم
کٔمۍ سأ لۄرۄ یہِ آستان لگے

واوِ جانٹن اندر چھِ ناو رٔٹتھ
سون یٚیتہِ کُس چھُ باسان لگے

یٚیتہِ چھِ سأری گمٕتۍ بے بس پرٕژھینٚۍ
سأنۍ بُستی چھِ بے زبان لگے

چھُس قیأمژ پہر سراں باضے
ڈایہِ گز رۄد آسمان لگے

☆☆☆

۱۹۷۴ء

# غزل

یێلہِ یێلہِ تہِ قلم چھُس بۂ ٹُلاں یاد پیٚواں چھُکھ
تێلہِ تێلہِ تہِ غزل چھُس بۂ لێکھاں یاد پیٚوان چھُکھ

ژاراں بۂ علامَژ تۂ گراں چھُس حسیں پیکر
تخلیق چھُس پأرِتھ بۂ تھواں یاد پیٚواں چھُکھ

کلہِ چانہِ چھِ صحرأوی وَتن گُل یِواں پھٔلی پھٔلی
خوشبوے گُلابن ہِنٛز چھِ یِواں یاد پیٚوان چھُکھ

چھُس پرٛانہِ ہوٚتھ المارِ کُن یامتھ نظر ترٛاوان
خط چأنۍ تِتھے چھُس بۂ پھِراں یاد پیٚواں چھُکھ

ڈلہِ شام سیاہ رأژ مےٚ اہریزٕ سناں چھِم
صُبحے چھِ چھوکن کرألی ووتھان یاد پیٚوان چھُکھ

یتھ دارِ بنٛد کمرس چھِ دیوارس ہُہ اویزان
تصویر چھُس پھِری پھِری بۆ وُچھاں یاد پیٚواں چھُکھ

زانٛہہ کأٔلی بۆ ییٚلہِ أنۂ پُٹٛن روبرو تھاوَن
چھِم یاد مےٚ تِم ساتھ پیٚواں یاد پیٚواں چھُکھ

وتۂ چانہِ وُچھاں چھُس بۆ مےٚ چھَم آش ژٕ واتکھ
ییٚلہِ ییٚلہِ تہِ ہوا تازٕ ڈلاں یاد پیٚواں چھُکھ

تِم آدٕنکی دوہۍ زانٛہہ تہِ مشأنی نۂ فیاضؔ
تِم شعر چھُس پھِری پھِری بۍ گیٚواں یاد پیٚواں چھُکھ

☆☆☆

۳۱/اکتوبر۲۰۱۰ء

# غزل

یُس تہِ کانٛہہ سمکھان چھُ زن باساں بہمار
یَتھ ہجۆمس منٛز نہٕ کس یێتہِ اِنتشار

آنہٕ ہیتھ سأری اتھن کیٚتھ وٕنی دِواں
روومُت انہار ژھاراں بار بار

یٔمی وٕ تٔمی یێتہِ ژأرہٕٹ صحرأوی وتھ
دَپھ ژٕ پانس پٮ۪ٹھ نہٕ کأنٛسے اختیار

أزی اگر سمکھکھ کتھا باتھا کرو
چھُم نہٕ پگہس پٮ۪ٹھ مےٚ بِلکُل اعتبار

لُکھ چھِ ہۆتھ وتہِ کُن مُدے گٔنٛڈی گٔنٛڈی وچھاں
توٚر نہٕ فِکرے کس چھُ کٔمی سُنٛد اِنتظار

ئِمُ زُمِستانن مےؐ اوٗنمُت جیرِ چھُم
سائُز کِزِ آوے نۂ یمہِ ؤریُک بہار

چھُم قلم کاکذ بدس چونُے یہِ دیُت
شعر چھُس لیٚکھاں یہِ چھُم چونُے امار

کانٛہہ طبیِبا ہے ژٕے زانٛہہ سمکھُے فیاضؔ
کُس دوا منگہِ ہس مےؐ چھا دادٕن شُمار

☆☆☆

۲ نومبر ۲۰۱۰ء

# غزل

آنۂ ہے مےٚ تہٕ بروٗشٹہٕ کنہٕ تھووٗتھ ژےٚ راتھ
یاد سورُے رووموٗت پووٗتھ ژےٚ راتھ

غزلہٕ چھُم اِظہار لوٚبمُت چانہٕ ءستی
میٛانہٕ جِگرُک نار ژھیٚوٕرووٗتھ ژےٚ راتھ

نألی ترٛوٗٹ لوگُتھ تہٕ پأرِتھ تالہٕ رز
بنٛگرِ نرِ ہُنٛد ساز گنگہٕ رووٗتھ ژےٚ راتھ

پڑانہٕ پیٚنٛجہٕ کنٛز آسہٕ ہکھ دڑامُت اوے
بُلبُلو کیٛا کیٛا نہٕ ژیٚترِووٗتھ ژےٚ راتھ

یاد ما اوسُے پیمُت دردِل پٛنُن
قبرِ پیٛرِس ناو لیٚکھہٕ نووٗتھ ژےٚ راتھ

یاوٕنکی تِم دوہہ یِنا واپس متیٛا
آدنُک تصویر اکھ ہووٗتھ ژےٚ راتھ

خبر ما اوسُے ژٕ ے آمُت بالہٕ یار
گٕہنٕدِ موکھِ کمہٕ شوقہٕ گوٕنوٗتھ ژٕ ے راتھ

پٲنٕ پانس منٛز ہہٕ ہےَ چھُس رووُمُت
فِکرِ ما توٚرمے مےٚ کیٛا بوٗتھ ژٕ ے راتھ

تَم خریدارٕ ژٕ ے ژٕلیٚمٕتۍ آسہٕ نے
بازرس منٛز وان لٕرووُتھ ژٕ ے راتھ

مارِ موٚت اوسُم یہٕ غم ترٛژھ میٹھ دَگ
کیٛا وَنے کیٛا کیٛا نہٕ مٕشرووُتھ ژٕ ے راتھ

میٛانہِ جگرکہِ کھانٛژہِ ژٕ ے تہٕ ژٕروٗتھ نہٕ میون
میٛانہِ تھرِ ہُنٛد گُل تہٕ پُژنوٗتھ ژٕ ے راتھ

دارِ پٔٹھ پرٲٹِتھ بروٚنٛہہ آسِکھ ژٕمٕتۍ
پڑانہِ لرِ ہُنٛد بَر تہٕ پھُٹرووتھ ژٕ ے راتھ

بَو نہٕ کم سوٚمبرتھ فیاضؔ تھووُمُت
سمٕکھِ ہس نیٚوتھَس تہٕ چھٕکرووُتھ ژٕ ے راتھ



۱۰رستمبر۲۰۱۷ء

# غزل

گام خاموش از شہر خاموش
ییٚتہِ چھُ باساں نفر نفر خاموش

چھَم نہٕ گوشن گژھاں کہنۍ آواز
پرٕتھ مکانس چھِ دارِ بر خاموش

نۍ یمبرزل نہٕ بوٚمبرِ سُنٛد گس گس
سانہِ چمنکۍ چھِ جانور خاموش

آش اَسم زِ حال ما پرٛژھنم
یُس تہِ سمکھاں سُہ ہمسفر خاموش

شکوِ چشمو کراں ، سوال پرٛژھاں
زبو چھِ پرٕتھ کاَنٛسہِ ہنٛز مگر خاموش

شاپھ دِیُت نم بہٕ حاَرتن کوٚرنس
پانہٕ روٗزِتھ چھُ جودگر خاموش

تس چھُ کیٛاہتاں ملالہٕ ہیٛوٗ فیاضؔ
از چھُ باساں یہِ نامہٕ بَر خاموش

☆☆☆

نومبر۲۰۱۰ء

# غزل

حال کیٔا باوَے مےٚ بدلۓٍ حال چھُم
چاک دامانس رُنیومُت نال چھُم

یتھ ہجوٗمس وٕنۍ بہٕ چھُس پھِری پھِری دِوان
رووُمُت کرتاں پٔژن ہمکال چھُم

نظرِ چھُم کُنہِ کُنہِ گرٛھاں کانٛہہ کانٛہہ نِشاں
اوسمُت شاید شہر خوشحال چھُم

روبرے مَے خانہٕ اوُسم کیٔا وَنے
از نہٕ سمکھاٰنی مےٚ کُنہِ کلہٕ وال چھُم

مأری منٛز تصویر پأراٰوِتھ مےٚ چھَم
دوٗن أچھن منٛز اکھ حسیٖن خدٕ خال چھُم

ناو چونُے چھُم یَمن شعرن جُرِتھ
بس یہوے آسُن سبٕڑاہ فِلحال چھُم

قائفین منٛز ژٕرے ردیفن منٛز تہٕ ژٕرے
تشبیہن منٛز کُس نہٕ مولہٕ وُن لال چھُم

ونہِ تہٕ چھُس کانٛہہ کانٛہہ غزل لیٛکھاں فیاضؔ
سُے قلم کاکذ بَدس تا حال چھُم

☆☆☆

ا دسمبر ۲۰۱۰ء

# غزل

از تہِ آدن پتُّن ژبتس آسی
دود ووتلاں گھے وَچھس آسی

خوش یوِنی مأری مُنذی حسیں پیکر
پژأنی تصویر اکھ بدس آسی

مےٚ تہِ نہٕ از تاں یہِ ریہہٕ چھِ سورأنی
ژےٚ تہِ ییتھے کہِنژ تیوٚنگُل منس آسی

میٲنی پأٹھن یمن سِیاہ رأژن
دَگ ژےٚ تیٚلاں رُمس رُمس آسی

شُکوِ کُری مَے مےٚ توقَہن باضے
یُتھنِ لوٚگمُت ژٚے زاثِہہ دِلس آسی

چھَم یہِ خوشبوٗ ونان عجیب گُلاب
تازِ پھوٚلمُت ژٚے آنگنس آسی

سوٚنتِہ آکھے نہٕ چشمِہ تیے لوسم
ہردِ پیٖوٚمُت ظٕہری ژبتس آسی

نال آسی دوٚہے رُناں ہَن ہَن
دارِ پھِری پھِری لگاں اوٚشِس آسی

از تہِ آسی سُہ ساگِہ لَر شوٗباں
موٚختہِ ژٕری ژٕری ژٚے دامنس آسی

سوٚنچھِ تھا زاثِہہ فیاضؔ تِلہِ گاٗمی
از تہِ پژٚاراں ژٚے ما خطس آسی

☆☆☆

۱۴/دسمبر ۲۰۱۰ء

# غزل

شبنم تھواں چھُ ژری ژری موختس اثبار صُبحے
مسول چھِ بأگراواں چشمو خُمار صُبحے

باغن چھُ بوش سوٚنتُک نغمن چھِ لَے امارِچ
نۄران ژاو آنگن حُسنُک بہار صُبحے

نظرن چھُ کامہِ دیوس بنگٲلی جود بُری بُری
بے وایہِ شامہِ سوندرن راواں قرار صُبحے

واوَس چھِ تیٚہہ شرابِچ چھاواں بٹھن تہٕ بالن
لوِ ہٮ۪تۍ گُلاب ڈیشِتھ تنٛبلاں امار صُبحے

کلہِ وال شوقہِ آمُت چاواں نٹو تہٕ ناریو
بُلبُل گیٚواں چھُ پوٚشن لوٚلچ سِپار صُبحے

مس کھاٗسی چشمہِ مُژراں وُژھ نینٛدرِ ہُژ یمبرزل
بوٚمبرس ٹلاں چھِ أندری لولس وُتار صُبحے

کٗمی تام جود گارن دیُت لولہِ مس فیاضسؔ
مستانہِ دارِ مُژرِتھ لیکھان چھُ شعر صُبحے

# غزل

ٲرن زن گرٛاو چھُس سوٗنچاں ونس کیٛا
وَنس نَے کیٛنہہ تہٕ چھُم روشاں ونس کیٛا

تمٕس ہے آیتن ڈٔری یاو پانس
أکِس دامس بہٕ چھُس کریشاں ونس کیٛا

سُے نَے آوہٕے نہٕ یمہِ دریٕوآزی از تاں
زمانا ہے مےٚ گو توشاں ونس کیٛا

مےٚ تَے تِم ساتھ تِم منظر ژتٕس چھِم
یہِ موسُم چھا دوہے پوشاں ونس کیٛا

اساں روٗدُس سُہ ییٚلہِ زانٛہہ کٲلی سمکھُم
أندری دَگ چھَم وَچھس کوٗراں ونس کیٛا

مےؔ شؤباں پرٔتھ صفس چھُم ناو تمٔی سُٹھد
مےؔ پرٔتھ ورقس سُہ چھُم عنواں ونس کیٔا

کوٗرُس حاأراں تیٚشدی أکی أکی سوالن
جوابےٚ چھُم نہٚ کاٹھہ پھوراں ونس کیٔا

مےؔ چھُنہٚ روپی سماں لتس حال ونہٚ نس
رُنیومُت نال چھُس شیراں ونس کیٔا

خبر لتس ٹارِ کھسہٚ نا چھُس بہٚ فیاضؔ
تمِٔس رِکرٔ شعر پأراواں ونس کیٔا

☆☆☆

۳۱ دسمبر ۲۰۱۰ء

# غزل

سون آوٕے نہٕ وُنہِ بہار دپُس
چھُم یتِھے کنِٕ مےٚ اِنتظار دپُس

گُل پھوٕلن کر تہٕ ادٕ ژھٹن خوشبوٗ
دِل یہِ موصُم چھُ بے قرار دپُس

دأر مُژٕرٕنی تہِ چھَم کُڈٕر باساں
چھُس بہٕ کمرس اندر بیٖمار دپُس

زہو کلاں چھَم تہٕ اوٚش ہراں چشمن
چھُم نہٕ پانس مےٚ اختیار دپُس

یٚیتہِ نہٕ بِلکُل ونٛ از ءکھنٕز سمکھاں
یٚیتہِ چھِ پرٕتھ انٛدٕ گٔنڈِتھ دیٖوار دپُس

وُنہِ تہِ ہے چھُس وُچھان وتن چانٛہن
وُنہِ تہِ ہے چھُم مےٚ اعتبار دپُس

گنٛڈ نیازن چھُ راتھ دوٚہہ تھاواں
چانہِ باپتھ یہِ خاکسار دپُس

ہارٕ تاپَن مےٚ زاۓ جنم ہَن ہَن
نارٕ بُزی گے مےٚ سبزٕزار دپُس

از تہِ نَے چھُس فیاضؔ جامن منٛز
از تہِ ہے چھُم مےٚ اِنتشار دپُس

☆☆☆

۳۰ جنوری۲۰۱۱ء

# غزل

از تہِ پھِری پھِری سُہ شام یاد پیٚوان
چون اکھ اکھ کلام یاد پیٚوان

بونہِ شیہلِس سوٚ مأری مٔنٛز محفِل
ٹوٗٹھ خوشوٗن سُہ گام یاد پیٚوان

دارِ مُژرِتھ مےٚ از تہِ چھُم اکثر
چانہِ لرِ ہُنٛد سُہ بام یاد پیٚوان

پرٕتھ خطس منٛز سُہ محبتن لیٚکھِتھ
چأنۍ اکھ اکھ سلام یاد پیٚوان

سوٗنٛتھ یِوٕنۍ گُلابہٕ ؤتھرن منٛز
چون اِدٕفری ینام یاد پیٚوان

میُٹھ اۍچھن ہُنٛد ییٚتِن ییٚتِن سپدیوٚ
تِم چھِ سأری مُقام یاد پیٚوان

رأوِتھ ساتھ تِم عجیٖب خاب
یام مٔشراں چھِ تام یاد پیٚوان

☆☆☆

جُلٲے ۲۰۱۱ء

# غزل

شَہہ ژھوکیے ءِتی چھِم بےٓ سخ بہمار چھُس
دَگ بےٓ چھُس للہٓ واں تےٓ شب بیدار چھُس

چھُس ہجوٗمس منژ بےٓ پھِری پھِری ؤنیٔ دِواں
روومُت ژھاراں پٹُن انہار چھُس

باوِٕہے وأنج مےٚ چھَم پھٹےٓ نس یِوان
حال أندرِم ما کراں اِظہار چھُس

تاپےٓ کرٛایوِ چھَم مےٚ ہَن ہَن زأجِمژ
نار چھُس ، ژھاراں اوے شیٚہجار چھُس

یاد چھَم بعضے پہوِاں بُستی پٹنیٔ
ؤنیٔ دِواں ، ژھاراں تمِکی آثار چھُس

کیٛا وَنے ، کیٛا کیٛا وَنے کِتھٕ کٕنٕز وَنے
بس لیٚکھاں بعضے بہٕ یمہٕ کیٛنٛہہ شعر چھُس

خاب چھِم باساں مےٚ ہُمہٕ منظر تہٕ بال
بُتھِ چھُ آبہٕ آب کُنہِ ما تار چھُس

چھُس وَتن چانٛہن مُدے گُنٛڈی گُنٛڈی وُچھاں
روبرو آناں پٕنُن لوکہٕ چار چھُس

از گوٚمُت پرٕژھیوٚن دِواں آلو فیاضؔ
دَپھ ژٕ سمکھاٛنی نہٕ کانٛہہ غمخار چھُس

☆☆☆

۱۸فروری۲۰۱۲ء

# غزل

خوشبُون چھُ ہوا باسان، سوٚنتس چھُ پٔژن سبزار
پھِری پھِری مےٚ ژٕنتس پاوان ، از چھُم سُہ پٔژن انہار

خوشبوٗ چھِ گُلابن ہٕنٛز مسولہِ چھُ پٔژن یاوُن
موسُم چھُ گُلالن ہُنٛد سرتازٕ گُلن روٗخسار

چشمن چھِ پیٚوان شیٚہلتھ، نظرن چھِ حسیٖن منظر
ؤنۍ ہٕش چھِ طبیٖبن کتھ پانے وٕنۍ بلن بیمار

اسہِ آسہِ لبُن شاید آسُن سُہ یُس رایوو
یَم اٚسی کھُٹِتھ از تام تِم راز گرٛژھن اِظہار

ونہٕ وِگنہِ چھِ از ونہٕ وان نغمن چھُ نوٚوُے انداز
از شوٗبہِ تہٕ مأنٛز گُلبن مہرازٕ گنٛڈن دستار

تتھ سرِو گُلِس تل ما از واتہِ سُہ آدن بأج
یَم خاب لبن اِظہار سبزاں چھے تَتھُے سمسار

گُلمرگٓ چھِ گُل مولِہٕ واں ، کوٚچھِ منٛز چھِ ڈلسٓ پمپوش
اِدٕفری چھِ نِشاطسٓ تن گِنٛدِ باشہِ کراں گُلزار

فن پارٕ تھواں پأرِتھ ، فن کار چھِ شوقہٕ یِواں
شأعِر چھُ یِواں وجدس تخلیق کران شہکار

یِمہٕ ہرٕدٕ گیے اڈٕ گألی وٕنٛدِ راوِیے شینٛس منٛز
تِم یار چھِ سمکھیٚأمتی پیٛنٛجہِ پیٛنٛجہِ چھُ لگِتھ دربار

تِم دوہہ تہِ ظہری ووٕنی یِن بیٚیہِ لیٚکھِ غزل فیاضٓ
نیٚپہٕ نیٚپہٕ چھِ کراں سُرخی سونہری چھِ أزِکی اخبار

☆☆☆

۴/اپریل۲۰۱۲ء

# غزل

از تہِ دۄپنم ژٕ وَن بہٕ کیٛا ونہٕ ہس
اوس دأرِتھ سُہ گَن بہٕ کیٛا ونہٕ ہَس

چشمہٕ پھِری پھِری سُہ از تہِ بَو پراراں
مأنٛز لأگِتھ اتھن بہٕ کیٛا ونہٕ ہس

چھَم مےٚ از کل عجیب تنہأیی
چھُس بہٕ گومُت غوٚطن بہٕ کیٛا ونہٕ ہس

سوٚنتہٕ واوس چھُ از پٔنن یاوُن
گُل چھِ پھۄلۍمتۍ وَتن بہٕ کیٛا ونہٕ ہس

محفلن منز تمِس چھِ داد دِواں
تس چھِ خوشبوٗ کتھن بہٕ کیٛا ونہٕ ہس

شکوٕ کٔری نم سوال تے پرٛژھی نم
گرٛاوٕ لیچھن خطن بہٕ کیٛا ونہٕ ہس

از تہٕ ووٗنم ژٕ پرٕ سُہ جانِ غزل
کرٛالی تلُونم چھوکن بہٕ کیٛا ونہٕ ہس

یورٕ پرٛژھمس یہِ کیٛازِ خاموشی
اورٕ دوٗپنم مہٕ سن بہٕ کیٛا ونہٕ ہس

توتہٕ ونہٕ ہس چھُ رووُمت فیاضؔ
تتھ نہٕ روپی سَمن بہٕ کیٛا ونہٕ ہس

☆☆☆

۵/اکتوبر۲۰۱۲ء

# غزل

سُہ دارِ بُری خوشوُن ہوا ڈلاں باضیے
مے از تہِ یادَن منز مُشک ژھٹاں باضیے

تِمن وتن پھیراں سُہ پوشہِ موٗت ژھاراں
سو میٹھی لَے تُمی ہنز کنن گرژھاں باضیے

چھِ آنہِ خابن ہندی یِواں مے چشمن تل
بہاری منظر چھِم ژتس پیواں باضیے

اَزِچ یہِ تنہایی عجیب خاموشی
خبر اتر پانے سُہ بَو پرٛژھاں باضیے

وٕنؠ یتھ سیأہی منٛز بہٕ رووُمت کرتام
مےٚ رأتی راتس بَو شمٕع دزاں باضیے

گُلابہٕ وٕتھرن ہنٛز سو نوزکی ژہتٕرِتھ
خُمارِ ہوٚت صُبح بہٕ چھُس گوٚاں باضیے

تسٕندی لفظ رٕژھرِتھ مےٚ ہے چھِ سینٛس منٛز
بہٕ از تہٕ چھُس خوشوٗن سُہ خط پراں باضیے

أندری چھوکن باساں چھ دَگ پھہاں اکثر
دِلاسہٕ دِتھ پانس بہٕ چھُس اساں باضیے

چھِ آدٕنکی آلو مےٚ از تہٕ وُزٕناوان
فیاضؔ چھُس ژٕلی کیُت غزل لیٚکھاں باضیے

☆☆☆

۲۸ مارچ ۲۰۱۳ء

# غزل

پٹنۂ اَسِم مےؐ یم تِم ما زَراں چھِم
یُتھُے سمکھن تِتھُے فاتح پراں چھِم

یُتھُے بوزن زِ بچہِ ہٕنچ چھَس نہٕ باتھے
قلم کاکز تُلِتھ مرثی لیٚکھاں چھِم

وٕنکھ کیٚا دَپھ یُتُے آسکھ یِواں از
دَہن ڈبلن تہِ ہے باضے ہٕکناں چھِم

غزل کُنہِ ساتہٕ مجبۆراً پَرن زن
طنز لفظن کراں ورتُے پھِراں چھِم

گنڈُن آسکِھ تِمن دستار شاید
فِرستس مڑز دپاں ناوۓ ژٹاں چھِم

رِسالس مڑز چھپیومُت میون کیٔاہتاں
گوٚمُت الغاۓبِہ چھُکھ سِر ما وناں چھِم

سوٚ پیٚنڈ مُشرآوءِمژ میٔانوٚ رفیقو
سمن کُنہِ جایہِ آلو ما کراں چھِم

دِیم ہے داد کُنہِ کاںٛہہ محفلن مڑز
یُتھے بوزَن تِتھے روٗشِتھ ژلاں چھِم

کراں کم ریزٕ چھِم أندری مےٚ کس ووٚن
مےٚ کم کم نیزِ یتھ جِگرس سناں چھِم

پرٛژھِکھ زن کاںٛہہ فیاضؔن حال وٕنی تو
خدا رٔچھنم تِتھے ناوس اساں چھِم

☆☆☆

۱۳رستمبر۲۰۱۷ء

# غزل

بہارِچ چھِ خوشبوٗ بہارُک چھُ موسم
امارِچ کتھا کر امارُک چھُ موسم

اڈٕ بر ژھالہٕ ماراں بوٚمبُر بانٛبر یومُت
یمبرزل چھِ پأرِتھ خُمارُک چھُ موسم

تھوَو ژأنگو زألِتھ گیٚوَو نغمہٕ لوٕلکو
گُزارُن چھُ شب اِنتظارُک چھُ موسم

ژٕ ژٕتھ جامہٕ ترٛاواں وُچھکو داغ ہاواں
گُلالس وُچھو از وتارُک چھُ موسم

خبر چھا پگاہ روزِ یا آب چشمن
وَنکھ کیٛا یہِ ما اعتبارُک چھُ موسم

گُلابن پھٕلے مُشکہِ ادفر چھِ واوس
وٕنو بے قرارن قرارُک چھُ موسم

یہِ کٔمۍ کر نظر کٔمۍ یہِ دَگ تُج فیاضؔ
یہِ کٔمۍ وۄن چھوکن از شُمارُک چھُ موسم

# غزل

سوٗ تھُر وُچھِم پھوٚجمڑ مےٚ خاب ہیؤ باسیوو
مُشک ژھٹاں خوشوٗن گُلاب ہیؤ باسیوو

خُمارِ ہوٚت موسم امار وُزِناواں
بہاٗری ارمانن شباب ہیؤ باسیوو

مےٚ شوقِہ رٔژھراٗوِم گُرِم نہٕ زاثِہہ اِظہار
تِمن سوالن ہُنڈ جواب ہیؤ باسیوو

ژےٚ کیٛا پرٛژھے اکثر ژٕ کیٛازِ چھُکھ راواں
پٔژن یہِ دِل روٗم بےٚ تاب ہیؤ باسیوو

بہٕ مُنتظر اوسُس ژٕ ساٗنی کِنی واتکھ
ژےٚ رۄس مےٚ اکھ اکھ ژیؤہ عذاب ہیؤ باسیوو

مےٚ آدٕنکۍ تَم دوٚہہ تہٕ آے چشمن تل
ژٕ یاد پیٚوہم سُے حُباب ہیُٚو باسیوو

دپاں ژٕے چھےَ گوٚمژ غزل تسٕنز راتھے
فیاضؔ تلہٕ گاٗمس خطاب ہیُٚو باسیوو

☆☆☆

۳۰ مارچ ۲۰۱۳ء

# زشعر

کیٛا ونس کتھ کٔرٕ ونس کیٛا کیٛا وَنس
حاٗری ثاتن چھَم نہٕ گرٛند کوتاہ وَنس
کاٗنہہ شِناسہٕ چھُم نہٕ کُس ہمدم مےٚ چھُم
چھُس تہٕ یتھ سفرس اندر تنہا وَنس

☆☆☆

# غزل

تمہِ بُستی ہُنْد اَکھ اَکھ بامَن
یاد پیٖواں چھُم صُبحن شامن

تصویرن ہُنْد اَلبم رٕژھراں
اوٗش مےٚ چھلاں چھُم دوٚدمُت دامَن

کأنْسہِ سوالس دیُت نہٕ جوابے
ژھاران روٗدُس شہرَن گامن

شوقَن چھِم تعویزٕ مےٚ کٔرِیٖمتۍ
چانٕہن اِدٕفری اِدٕفری نامَن

پھولہٕ وٚنی پھولہٕ وٚنی گُل تہِ چھِ منٛد چھاں
تیٚتھ خوشوُن ہے رنگ چھےٚ جامن

ژےٚ تہِ آسی کل سوٚنتہٕ ہواوِ چ
مےٚ تہِ چھِ گُلابن ہٕنٛز منہِ کامن

أندری ہے چھَم وأنٛج پھٔٹمٕژ
ونہٕ کیٛا لوٚگمُت چھُس لگہٕ پامن

دَگ نہٕ لوتاں زخمن چھِ فیاضسؔ
پڑاراں سُہ چھُ چانٛہن پأغامن

☆☆☆

۱۲رمئی۲۰۱۳ء

# غزل

خوٗشبویہِ ہٕنٛدی تِم خاب چھِ خابٕ
یَتھ صحراوس پھۄلی نہٕ گُلابٕ

زرٕ زرٕ چھُم چھُس پرٕژھیۄن گومُت
ژالہٕ تہِ کوتا ووٚنی چھُنہٕ تابٕ

پڑاراں ہےَ یَم چشمہٕ تہِ لوسم
کُنہِ تہِ خطس تٔمی لیۆکھ نہٕ جوابٕ

تس کیٛت ہے کم شعر تہِ لیٖکھِم
تٔمی نے پٔرٕ زانٛہہ میٲنی کتابٕ

حال اگر تٔمۍ پُرٛژھ نے وٕنۍ زبٕس
سورٕیامُت ووٕنۍ چھُم سُہ شبابٕے

کیٛا کیٛا ہاوَے کیٛا کیٛا باوَے
دادٕن پنٕہ نٕبن چھُم نہٕ حسابٕے

کس کرِ گرٛاوِ تہٕ کس دِمہٕ آلو
ازلے لیٛکھِتھ چھُم مےٚ عذابٕے

شوقن ہے کم جتنہٕ کریے مس
تس ہے چشمن روٗد نہٕ آبٕے

ترٛیشہِ گلٕبن فیاضؔ چھُ کریشاں
ناگہٕ بلن ہے گے ونٛ سرابٕے

☆☆☆

۱۹مئی۲۰۱۳ء

# غزل

چھُس بہٕ وُنہِ یتھ پہرِ منٛز آلو دِواں
آنگنس منٛز چھُم نہٕ کانٛہہ نظرے گڑھاں

رأتی رأتس دارِ بَر أسِس گہاں
تتھ مکانس از نہٕ کانٛہہ ژونگےٚ دَزاں

چھےٚ رُنیومُت نال تامتھ کیٛا کرَکھ
چاک دامانٛکی مےٚ چھِم پھِری پھِری پرٕژھاں

ناو زانٛہہ ہیۆتہٕ تھا ژےٚ زانٛہہ ہیٛژتھا خبر
گرٛاوِ زن کرٕہَس مےٚ چھُنہٕ روپی سماں

یتھ ہجۆمس منٛز مےٚ نا سمکھاں کہٕنٛہ
نالہٕ زن دِمہٕ ہا کلیٛمٕژ چھُم زبان

ازنۍ ترٚژھ خوشبوٗ نۍ ترٚژھ کاٗنٛہہ پوشہِ پێنٛڑ
یاد چھِم تِم بُرزٕ پَٲش پھِری پھِری پیٚواں

ٹاٹھِ چشمن کیٛازِ ووٚنی روٗدۍ نۍ آب
ٲس پرٕژھێنی ہٲر طوطس کُن وناں

چھَم مےٚ أچھ نۍ تل سُہ خوشوٕنی پوشہِ مال
زانہِ دَے تارکھ کمِٕس آسن نپاں

داد یُس اوسُم دِواں غزلن فیاضؔ
خاب ووٚنی گومُت نۍ چھُم زاٗنٛہہ خط لیٚکھاں

☆☆☆

۱۷/دسمبر۲۰۱۳ء

# غزل

بێیہِ پێوم ژٹتس آنہٕ ہیٚؤ انہار مےٚ لیٚکھی شعر
بێیہِ آو پۆت پھیرتھ مےٚ زن لوکچار مےٚ لیٚکھی شعر

تِم ٹاٹھی مُلاقاتھ تِمن محفلن ہٕنٛدی ساتھ
بێیہِ آے أچھن تل تِمے اخبار مےٚ لیٚکھی شعر

تِم شوق چھِ مُتۍ لاز کراں از تہِ وَچھس منٛز
خابَن مےٚ پھولاں وُچھی تِمے گُلزار مےٚ لیٚکھی شعر

ترٛشِ کرٛایہِ مےٚ ننہٕ وور پکاں گو ونٛ زمانا
کُنہِ جایہِ نظرے گو نہٕ کانٛہہ شیٚہجار مےٚ لیٚکھی شعر

المارِ تِم یاداش جُرِتھ از تہِ وُچھاں چھُس
اوٛش دارِ گۆنڈُن دامنس پیٹھ نار مےٚ لیٚکھی شعر

اچھرن تِمے جذباتھ جراں از تہِ چھُس فیاضؔ
قلمس چھُ مولہٕ وُن بس یہوے شہکار مےٚ لیٚکھی شعر



# غزل

وُزِنۍ ہِش چھَے امارِچ أچھن چھے تیہٕ خُمارِچ
ژٕے چھُے وُنہِ شوخ یاوُن ژٕ چھکھ مسول بہارِچ

بدن گُلفام نوزُک ژٕ چھَکھ پھولہِ وٕنۍ یمبرزل
ژٕے چھَے کھسہٕ وٕنۍ جوأنی ژٕے چھَے مُستی شبابٕچ

امارُک جود کوٗرتھم یہِ دِل فلوا مےٚ سپدیو
چھوکن بیٚیہِ کرٕألی تُلۍتھم دِژِتھ ریہٕ لولہِ نارِچ

تیوٗنگُل بُزِنے وجوٗدس أندری بُچھِ نے ژٕے ہاوَس
وَچھس دِکھ چاکھ پانے وٕتھی دَگ آمہٕ تاوِچ

دِلُک آرام راوِی ہرَکھ زن پوشہِ تھُر ہِش
گُزاراں راتھ آسکھ جنوٗنٕچ اِنتظارِچ

مےٚ کُن ڈیٚشتھ ڑٕ تھاواں دوہے چھَکھ پرٕدٕ رویس
ژےٚ کُن ڈیٚشتھ چھِ راواں مےٚ اکھ اکھ گرٕ قرارٕچ

دپیوٚمَے نا غنیمتھ چھِ لوٕلکی ساتھ آساں
ژٕتٕس آسی پپوٕاں از سو محفل ویرٕی ناگٕچ

بُرِتھ چھُے جود لولُک یَمن مس کھأسی چشمن
ژٕ چھَکھ معصوٗم پأٹھٕن نظر تڑاواں کماٗلٕچ

لیٚکھِتھ آسن فیاضسٓ سِتم بس چانہٕ لوٕلکی
بہٕ چھُس شأعر تہٕ دَگ چھَم دوہے ویٚترٕنی فِراقٕچ

☆☆☆

# غزل

رآوی ٔمتی حرفےٍ مےٓ چھِنہٍ لفظے سمان
شعر کیٔنہہ لکھٍِ ہا مےٓ چھُنہٍ قلمےٍ دران

از نہٍ تیٔتھُ کأنہہ کوچہ نَے ترِٔھ کأنہہ سڑکھ
روومُت باساں مےٓ چھُم پنہٍ نُے مکان

اسِہ تہِ بیٔہِ خوشبوٗ یِواں داربو بَرو
آنگَنس سأئنس تہِ بَے یَم گُل پھولان

موسمےٍ ڈٔلیٔمتی سُہ سؤنتھے خاب گو
سأئزٔ کِزٔ چھُنہٍ ووٗزٔ سُہ جانانے یِوان

سمکھِ ہسم تنہا تۂ ونۂ ہس حأری ثات
یتھ ہجوٗمس منٛز مےٚ چھُنۂ روٗپی سمان

ناو چھُم چوٗنُے لیٚکھِتھ پرٛتھ کُنہِ صفس
چھُس پھِراں اکثر تۂ چھُس شوقن پران

از سُہ بوٚ پھِری پھِری وُچھاں روٗخسار میون
از سُہ بوٚ شاید غزل میٲنی گَوان

بَس چھِ خاموشی فیاضؔ ہمعصر
کانٛہہ نۂ سمکھأنی نۂ کانٛہہ آلو دِوان

☆☆☆

۲۰/جنوری۲۰۱۴ء

# غزل

شِکوٕ ژٕے کیٛا نُنٛدٕ بانہِ پرٛژھومس
اَتھ خاموشی معنہِ پرٛژھومس

لیٚکھ تہٕ چھُم عنوانٕے راوان
لیٚکھِتھ کیٛا چھُم لانہِ پرٛژھومس

از تہِ کُنا چھُے آب ژٕے چشمن
از تہِ بیہٕکھنا سانہِ پرٛژھومس

شہٕرکی گاٗہکی نظرِ ژٕے روزاں
سودا کیٛا چھُے وانہِ پرٛژھومس

دارِ تۂ بُری ہے آلو دِتّی مَے
آکھِ ڑٔ زاٹھِہ وتہِ میٹانہِ پڑژھومس

یور تہِ سخ شِٹھنیٹار چھُ باساں
اورٔ تۂ چھا شِنۂ مانہِ پڑژھومس

کاٹھِہ کاٹسے چھُنۂ بیّتہِ پڑزٔ ناواں
اسہِ تہِ وٹ کُس بیّتہِ زانہِ پڑژھومس

نالس ما چھے مالۂ ژٔے جُری جُری
امہِ پنۂ نے اوٗش وانہِ پڑژھومس

وُچھ تھا زاٹھِہ پاٗرِتھ چھِ فیاضؔ
خوشوٗنہِ یم چِٹھِ چانہِ پڑژھومس

☆☆☆

فروری ۲۰۱۴ء

# غزل

مأری مٔنز لَے تۄ مأری مۆند گُفتار
چشمنۍ تل مےٚ چھُم تسُنٛد انہار

اکھ گُلابا عجب گُلابن منٛز
شوقۍ آمُت چھُ پوشہِ وُن شہکار

آسہِ شاید ییپأری کٔنہہ دژامُت
یٚیتہِ چھِ باساں عجیب مُشکٕلۍ دار

روبرو چھُم یِواں تسُنٛد تصویر
چھِم نۍ لفظۍ بدٕس بۍ کرۍ اِظہار

تاپہٕ کڑاین اندر چھُ شیٚہلاواں
یادِ وُترێِک یہِ خوش یِوُن شیٚہجار

از چھِپیمُت چھِ چانہِ موکھِ سُرخی
چھُس بہٕ پھِری پھِری پراں اوے اخبار

اورِزوے چھِم مےٚ تھاٲوِمتۍ پاٲرِتھ
از چھِ ژاٲرِتھ مےٚ تھاٲوِمتۍ گُلزار

ناد گوشن گرٛھاں مےٚ چھِم فیاضؔ
یاد پھِری پھِری پیٚواں چھُ آدِنۍ یار

☆☆☆

۳ستمبر۲۰۱۴ء

# غزل

یاد پیٚتھ تِم ساتھ چھِم وأنج ژٹاں
دارِ پیٚٹھ ییٚلہِ بُلبُلو اوسُکھ پٕچاں

شاڈ کنہِ یَتھ ناو اسہِ تھاۓوِکھ کھٔنِتھ
اتھ سبز پیٚوٚرس نکھے أسی بےَ گِنڈاں

حال کیٛا باوے مےٚ تِتھی حالاتھ چھَا
گژھ اگر پرٛژھ نےَ دپُکھ لتس چھا زباں

اسہِ پیٚواں صُبہٕ ہے چھُ ہمساین پرٛژھُن
تہنٛدِ آنگنٕز زوٗن چھا رالتس گھاں

نا أچھِن گومُت چھُیا پچہِ پھیُر رِکھو
سوٗنتہٕ واوَو سون تے اوسُکھ یِوان



# غزل

آش أسم ژٍ یِکھ تےٍ ما آ کھےٍ
سانےِ درٍواۡزی ما ژٍ زاۡنہہ ژا کھےٍ

سانےِ آۡنگنی اگر نےٍ یوٚژیِ من
سانےِ کنےٍ وارِ ۡکنی تےِ ما دژا کھےٍ

ووۡش تےِ تژ اوُن کوٚڈُر بےٍ کس ونےٍ ہا
اوۡش تےِ تژ ووُم نےٍ زاۡنہہ ژھٹم با کھےٍ

شیخہ شُژوکھی تھٔوی کھٔٹِھ کتابن منۡز
پٔری نےٍ للہِ ہٍنۡدی وژن نےٍ پٔری وا کھےٍ

کُس چھُ شیراں وٕنۍ ییٚتہِ پٔنُن دامن
ییٚتہِ نہٕ نالن تہِ کانٛہہ سُواں چاکھے

وانہٕ والٕبن گمٕتۍ چھِ رۆزِتھ تھان
پھیرِ والٕبن تہِ رآوِمتۍ گرٛا کھے

خاب سۆمبراں تہٕ کُس نہٕ توشاں اوس
وُنہِ سُہ تعبیر کانٛسہِ ما دڑا کھے

اَسی سمکھاں تہٕ بوس لۆژراواں
رۆدٕمتۍ ما چھِ کُنہِ وٕنۍ بیٹھا کھے

دِل تہِ پھولہٕ ہن فیاضؔ گُل پھولہٕ ہن
بُلبُلن پرٛژھ بہار ما آکھے

☆☆☆

۲۰ ستمبر ۲۰۱۷ء

# غزل

ینہٕ گَو سُہ شخصٕے خاب یتھ شہرس اندر
تنہٕ وُچھ نہٕ زٕنہہ افتاب یتھ شہرس اندر

کٲمۍ گٔینڈ نہٕ زُوس زار تتھ شہرس انڈر
کٲمۍ چھوٕ نہٕ سُہ مٲتۍ آب یَتھ شہرس انڈر

بۆزُکھ زِ ہیوٚتُن نار ، افسوٗسا کوٚرُکھ
سوٗزُکھ نہٕ زٕنہٕے آب یتھ شہرس انڈر

تیٚلہِ اوس پرٛژھان حال یتہِ کانٛہہ کانٛہہ نفر
تیٚلہِ آسۍ کینٛہہ احباب، یتھ شہرس انڈر

ووٚنۍ گوٚژھ نہٕ تُلن واو ، ہوٚتھ سٔدرس مَلر
ووٚنۍ گوٚژھ نہٕ یُن سہلاب یَتھ شہرس انڈر

چھٔلی چھٔلی أنِکھ دستار سرِ بازر کُنِکھ
مُلی ہێتی لُکو القاب ، یَتھ شہرس اندر

اَسہِ تیی چھِ قبرن پیٚری ووٚنی سیٚمٹھ گٔرِتھ
أسی تیی چھِ عزت مآب یَتھ شہرس اندر

تێلہِ أسی تھاوان ژأنگی استانن دزٔنی
تێلہِ أسی کینٛہہ آداب یَتھ شہرس اندر

بس اوس تسُند ناو فیاضؔس بدَس
ووٚنی گوٚو سُہ سخ نایاب یَتھ شہرس اندر

☆☆☆

ستمبر۱۹۸۹ء

# غزل

دِلُک دُنیا بسوُوم چانہِ باپتھ
متیوِ آرام ترٛووُم چانہِ باپتھ

ژےٚ کیٛا راوِی اگر زن دِل مےٚ بخشکھ
أچھو بارانہٕ ہورُم چانہِ باپتھ

طمع اوُسُم بہٕ پوٗشن مالہٕ کرٕ ہا
کنڈٕ بن دامانہٕ دورُم چانہِ باپتھ

أچھن منٛز چھِم بسأوِتھ خاب چأنی
اوٚشُک دامن سجوُوم چانہِ باپتھ

سیٚکستانن دِتُم سَگ پنٕنہِ خوٗنٕک
بہارا شولہِ نووُم چانہِ باپتھ

پچھ دَگ چھَم رُمن تامتھ مےٚ تیٚلاں
سُہ غم ہمدم بنووُم چانہِ باپتھ

امارِکی ژٲنگی زٲلِم خوٗن بُری بُری
گُلِستاں کاشِرووُم چانہِ باپتھ

مےٚ کم کم نیزِ تے الماس ژٲلِم
جِگر ششِتر بنووُم چانہِ باپتھ

ژےٚ پتہِ راوِر فیاضؔ زِندگانی
وَتَن سَر آلہِ نووُم چانہِ باپتھ

☆☆☆

# غزل

مأری مۆند خاب اَکھ چھُ خابن منٛز
مُشکِ ادفر ژھٹان گُلابن منٛز

پھِری زِ پانے ورق ژٕ پڑٕز ناوکھ
ناو کُمٕی سُنٛد چھُ اِنتسابن منٛز

غزلہٕ بیۆن بیۆن پَرکھ أتی باسی
پوشہِ مۆت کُس مےٚ چھُم کِتابن منٛز

چھُکھنہٕ باضیے دوہس تہِ سمکھأنی
راتھ گُذران مےٚ چھَم عذابن منٛز

یاد ہے چھِم مےٚ تَم دہَن اسوٗنی
وُنہِ چھِ سمکھاں گہے مےٚ خابن منٛز

چانہِ چِٹھِ ہے بہٕ چھُس پھِراں باضیے
چھُم نہٕ پھوراں کہیں جوابن منٛز

ٹارِ کھوٚتہٕ کھُے نہٕ زانہہ تہِ آسُن میون
ناو ہِکتھِ کنٛز تھوَن خطابن منٛز

نیرِ ہِکتھِ کنٛز تہٕ پھیرِ ہے فیاضؔ
گنڈِ نہٕ آمُت چھُ از طنابن منٛز

☆☆☆

# غزل

وُتارِ أندریُم چھُم کراں مےٚ اَزمأیِش
دَفن پھٕوان باضیے کرٕنۍ پٔنٕنۍ خأہش

چھِ مأنٛزِ گُل پأرٕنۍ پھٕواں سُرخ حرفو
کراں سُہ چھُم باضیے عجیب فورمأیِش

نہٕ کانٛہہ چھپَن جاۍ نہٕ کانٛہہ ٹھِکانے روٗد
گرٛھو تہٕ کتھ طرفس پھٕواں چھِ سخ بأرش

ژےٚ ڈالہِ کُس سوزی ، شرف ژےٚ کُس بخشی
ژےٚ نظمہِ چھُے عنوان ظٔہری تہنٛز سأزِش

وُچھان وتن پھیران بہٕ کیٛازِ چھُس حأراں
ژےٚ ما گٔرِتھ وتم مےٚ زانٛہہ تہِ فہمأیِش

سوال تیِے گٔری مکھ، ہلم تہِ ہے دورُم
ژٕ معاف کر دۆپہم چھیٚ نہٕ گنجأیِش

زبٕے کلیٖمٕہ ووٚنۍ مُسأفِرس فیاضؔ
ژٕ پرٕ تہٕ چشمن منٛز أمِس چھِ کوٚس خأہش

# غزل

سخ کرٚتھٕ چھہِ حالاتھ ، دپُس ٹاٹھِ مےٚ نِش وات
بچہِ ہِنٛج نہٕ کہٕنٛز باتھ ، دپُس ٹاٹھِ مےٚ نِش وات

تارکھ نہٕ نپأنی نہٕ گہاں سانہِ ہِنٛج زوٗن
بُجِھ وٗنی چھہِ سیاہ راتھ، دپُس ٹاٹھِ مےٚ نِش وات

آوےٚ نہٕ یمہِ درٕوأزی نہٕ زانٛہہ ناو ہیوٚتُن میون
گے خاب مُلاقاتھ، دپُس ٹاٹھِ مےٚ نِش وات

اِظہار کٔرِتھ چھُس نہٕ ہہٕکان تِیُتھ چھُ وچھس دود
چھوکہِ دأوی چھہِ جذباتھ ، دپُس ٹاٹھِ مےٚ نِش وات

مےٚ چھُ یاد میأنہِ آلون اوسُکھ ژٕ دِواں داد
ووٚنی چھُم نہٕ کانٛہہ سوغاتھ، دپُس ٹاٹھِ مےٚ نِش وات

کم أنۂ محل أسۍ یوان توتۂ أچھن تل
رۄدی نۂ تم کھنڈراتھ، دپُس ٹاٹھِ مےٚ نِش وات

تم چشمۂ وُچھان آسۂ أتی گُل مےٚ پھولاں أسۍ
وۄنۍ کُس دِواں خأراتھ، دپُس ٹاٹھِ مےٚ نِش وات

رٕژھراوِ ہکھ یۄد کأنسہِ ہِنٛدۍ یم شوق مُژھلی خاب
پانے لبگھ درجاتھ، دپُس ٹاٹھِ مےٚ نِش وات

روشان گھے دِل چھُ بیٚیہِ توشان چھُ فیاضؔ
پوشان چھا یم ساتھ، دپُس ٹاٹھِ مےٚ نِش وات

☆☆☆

۱۹جون۲۰۱۵ء

# غزل

بیٚیہِ گوٚژھ نہٕ ہُرُن آب خبر کیٛا چھُ نصیٖبس
بیٚیہِ گوٚژھ نہٕ یُن سہلاب خبر کیٛا چھُ نصیٖبس

چھِم رأوِمتۍ الفاظ زباں چھَم مےٚ کلیٖمژ
آرام نہٕ چھُم تاب خبر کیٛا چھُ نصیٖبس

گُل أسۍ پھولاں، واو ژھٹاں اوس سُہ خوشبُو
گأمژ چھِ ونٛ نایاب خبر کیٛا چھُ نصیٖبس

از نے تہٕ پگاہ واتہِ، کرَس گرٛاوِ ونس حال
رأوِم مےٚ یِمے خاب خبر کیٛا چھُ نصیٖبس

حأران پریشان چھِ پھیران مُسأفِر
کس رۄد أچھن آب خبر کیٚا چھُ نصیٖبس

خوشبُو ن سٕہ ڈبل زیٚن نہٕ تم جُبلہِ پھبرن رۄدی
نہٕ چھُ مأرۍ مۆند کمخاب خبر کیٚا چھُ نصیٖبس

اۆبرن مےٚ وۆلُم نال سُلے چشمہٕ تہِ لوسم
از وُچھ نہٕ مےٚ افتاب خبر کیٚا چھُ نصیٖبس

دسبۄسی کران أسی پرٛژھاں حال تہِ فیاضؔ
رۄدی نہٕ تم آداب خبر کیٚا چھُ نصیٖبس

☆☆☆

مئی ۲۰۱۵ء

# غزل

یہِ غزل چھپے یہِ اخبارِ خدمت کِس ۲۹ اگست ۱۹۷۱ عیسوی کِس شُمارس منٛز۔ غزل چھپنہٕ پتے ووت مے ڈاکہِ کہِ ژٕری یہِ قداوار عالم تہٕ أدیب محترم پروفیسر محی الدین حاجنی صابُن اکھ خط، یتھ پٔٹھ کنہِ اوس لیٚکھِتھ ''میٛانہِ نہٕ وُچھمتہِ بایہِ''۔ امی غزلہِ ہٕنٛدی ذٔسی گوٚمے پروفیسر حاجنی صابس ستی تعارُف، یُس مے وِزِ وِزِ حوصلہٕ افزأیی کران روٗد تہٕ تٔمی سٕندے دُعایہِ خاطرٕ ووٚتُس بہٕ محکمہ تعلیمس منٛز بحیثیت ووستاد۔

ذٕیاں چھُ موسیٰؑ کھوژان چھُ رستُم ، وَداں چھِ از کم گلاب ساتیٚ
سِکندرن شانٛشہِ رازے موٚچ ، قلندرن پھُٹ رِکاب ساتیٚ

گُرہن چھِ کھٔتۍ مٔتۍ کِرام وٕتھکو ،قلم اتھن کٔتھ تہٕ تھکھ نہٕ لیٚکھنس
صواب زانان چھِ بوٚڈ گناہ یم لیٚکھاں چھِ گوٚہن صواب ساتیٚ

متٔن فقیرن گٔمژ چھِ پھلہِ پھلہِ نِشانہٕ مژرُک ، یہِ کورِ تسبیح
ونٛ گو اگر کانٛسہِ کٔر تہٕ سوٚمبرن چھُ رووٕمُت پوٚز حساب ساتیٚ

یہِ ولِگتُن زانٛہہ تہٕ ژوٚل نہٕ سوٚنٛچس یہِ سلکہٕ زامُت چھُ آدمس بروٗنٛہہ
زُواں چھِ مُری مُری یہِ سرفہ بٔستی ،ہُراں چھُ دوہہ کھوتہٕ عذاب ساتیٚ

نہٕ ڈۄکھ چھُ پڑھِ ہُنٛد نہٕ اعتقادٕ ییٚ ناودگ ہتھ چھِ شہہ ژھوکیٖمتۍ
دماغ وولیے ، دِلن تہِ گو وَٹھ أچھن اندر کس چھُ آب ساقۍ

خُدایا میٲنیا یہِ لاشہِ انٛبر چھنا سُہ راژ جوان محفل
چھُ کس نہٕ باساں زِ یم تہِ چاٲوِکھ زہر رلاٲوِتھ شراب ساقۍ

حُسینؓ أخر چھِ تاج قوٗمکۍ تہٕ کربلا پوشہِ باغ أخر
یہِ خوٗنہٕ جوے سگوِ کاٲتۍ عالم یہِ آنہِ کم انقلاب ساقۍ

لسُن تہِ لاٲزِم مرُن تہِ أخر فیاضہٕ وٗنتس ژٕ از دِلچ کتھ
اگر نہٕ بخشکھ مےٚ جولہِ منٛز کینٛہہ مےٚ توتہِ گوٚژھ کانٛہہ خطاب ساقۍ



اگست ۱۹۷۱ء

# غزل

توتہِ مٔنڑی مٔنڑی خبر پڑژھان اوسُکھ
سأئنِ کنِڑ تیے یِواں گرژھان اوسُکھ

سانہِ تھرِ پیٹھ تہِ ہے پچان اوسُکھ
بُلبُلو دارِ پیٹھ بیہؐان اوسُکھ

لولہٕ والین ژٕ دِل رچھان اوسُکھ
محفلن منٛز غزل گوٛان اوسُکھ

حال ونہٕ ہے تہٕ سخ سنان اوسُکھ
میٛانہِ باپتھ دُعا کران اوسُکھ

طعنہٕ بوٗزِتھ تہِ شادماں اوسُکھ
کأنٛسہِ ما گرٛاوِ زانٛہہ کران اوسُکھ

دود اوُسم ، دوا انان اوسُکھ
دَگ مےٚ اَسم ژٕ ما زراں اوسُکھ

دارِ بر دِتھ ژٕ ما بیہؐان اوسُکھ
یٔت پرٕژھیوٚن نہٕ زانٛہہ گرژھان اوسُکھ

کاٹھہ نۂ ژھوٚران نۂ زاٹھہ سوتاں اوسُکھ
ژۄنگ تارس تھٔوِتھ گہاں اوسُکھ

کیٚازِ ژھاراں ژٕ نۆو مکان اوسُکھ
پڑانہِ پیٚنجہِ پٹھ اسان گِندان اوسُکھ

گھنۂ روٗپہٕ سٕنٛدی تہِ ہے گران اوسُکھ
وانہِ ڈیٚجہِ ہور تے ٕکنان اوسُکھ

تازٕ سُرخیہِ وُچھم پران اوسُکھ
آدٕنکی دوٗہہ اوے پھِران اوسُکھ

وارِ مٕنز گُل ژٕ زن پھوٗلان اوسُکھ
واوٕ ژھٹہِ مٕنز تہِ ہے نپان اوسُکھ

نالہٕ فیاضہٕ مُٔنزی دِوان اوسُکھ
فِکرِ تۆرکھُے نۂ کیٚا ونان اوسُکھ

☆☆☆

۱۲/دسمبر۲۰۱۶ء

# غزل

صُبحے چھِ سیاہ از تہِ کوہِستان تِتھے پأٹھی
بێیہِ گوژھ نہٕ وٕنۍ یُن سأنۍ کِنۍ طوٗفان تِتھے پأٹھی

سُے دود وچھکھ چھوکھ تہٕ أندری دَگ مے پھہان چھم
پھِری پھِری مے یوان از تہِ سُے عنوان تِتھے پأٹھی

پژِ زِ ناوِ مے کُس چھُم نہٕ پتُن نظرِ گژھان کانٛہہ
تنہا بہٕ ہجۆمس اندر راوان تِتھے پأٹھی

روٗدی نہٕ تم موسُم تہٕ نہٕ تم سونٛتھ یِوأنی
تتھ پژانہِ پێنٛچِھ پپٕھ آسہٕ ہکھ سمکھان تِتھے پأٹھی

رنگہٕ دارِ نہٕ تم بر نہٕ تِمن آنگنن دیوار
یتھ وارِ پھولیا بێیہِ تہِ گُلِستان تِتھے پأٹھی

خوش اوس کراں چھوٗنی ، سُہ کٔنن بنٛگرِ نرٕبن ہُنٛد
چھِم یاد پیوان از تہِ سوٗنر وان تِتھے پأٹھی

سمکھان نہٕ طوطس ہأر تہٕ بۆمبرس نہٕ یمبرزل
خاموش چھِ بُلبُل تہٕ غزل خوان تِتھے پأٹھی

پڑتھ کأنسہِ وُٹھن پیٚٹھ چھُ بٲٹھِس گُرٕھ مےٚ لگنٕز ناو
منٕز باگ سرٕس نار چھُ جیلان تِتھے پأٹھی

دوشوے چھِ روٗ زِتھ دون پلن پیٚٹھ اکھ أکِس پرٛاران
دٕری یاوِ سوٚتھی پوٚز وُنہِ تہِ چھِکھ دوٗران تِتھے پأٹھی

غمگینؔ لیٚکھان وُنہِ تہِ چھُ کانٛہہ ژھایہِ ہلبٕن منٕز
سمکھُن تہِ گوٚژھ فیاضؔ کانٛہہ اِنسان تِتھے پأٹھی

☆☆☆

مارچ ۲۰۱۷ء

لہٰ: غلام محمد غمگین

# غزل

پرٛتھ سراپا جستجۆ ہَن ہَن تلاش
پرٛتھ نظر ییٚتہِ مُنتشِر چشمن تلاش

راتھ تامتھ لیوٚکھ مےٚ چونُے ناو ہیٚتھ
از چھُ عنوانٕک یٚمن ورقن تلاش

أسی مُسأفِر بے پتا ، بے اختیار
وڑاے صُبحن کرِ نہٕ کانٛہہ شامن تلاش

میون کیٛا سوچَن سبٛھاہ آوٗرۍ چھِ لوٗکھ
چھُس کران پانے پنٛن مدفن تلاش

لاش یُس وُچھِ ہن دَ پکھ بےٕ چھُس ظٔہری
یتھ ہجوٗمس منٛز ژٕ کُس کرٕ ہن تلاش

تیز ژھٹھ قہرٕچ وُنل ییٚہِ میون پان
چھُس کران أنٛی سارِ پننہٕ نُے من تلاش

رأوی ؤتی شاید مکانن منٛز مکین
مُنتظر یَم کوچہ از سڑکن تلاش

نال تیے نیوٚنم ژُٹِتھ واوَن فیاضؔ
کیٚا کرن پننہٕ پننہٕ گوٚمُت دامن تلاش

☆☆☆

# طرحی غزل

(مرحوم ڈاکٹر الطاف نیازنہِ ناوٕ)

ترٛاؠوِتھ گو کم کم شوخ طمع دامانہٕ ڈٲنِتھ
زاؠلِتھ گو ساؠدٕروار شمع دامانہٕ ڈٲنِتھ

رٕژھرٕاؠوِن کم رنگدار تہٕ ساؠدٕروار چمن
مُشکاوان وتہٕ ؠٔڈی دژاو اما دامانہٕ ڈٲنِتھ

سرتازٕ قداور اوس سُہ اکھ دِوٕدار سبز
پھُٹ راتھ کیٖتےٚ گو زن تہٕ ہوا دامانہٕ ڈٲنِتھ

یَم شیٖرِن پاؠرِن للہٕ ناؠوِن وَچھِ منٛزلس منٛز
تِم گُل چھِ پرٛژھان اسہِ ٹوٹھ گوا دامانہٕ ڈٲنِتھ

أچھ گاش نیازسؔ اوس ، دِلس بیٚیہٕ آش تمٕسِس
یِتھٕ کِنٛزِ سُہ مےٚ نِش زاںٛہہ گژھِنہٕ جُدا دامانہٕ ڈٲنِتھ

ژٚے دڑا کھ تہٕ پتہٕ ما آکھ تہِ زانٔہہ روخصتھ منگہٕ ہکھ
دِلدارِ لیٚکھان کُنہِ شعر چھُکھا دامانہٕ دٔنتھ

الطافؔ سُہ جنتی اوس یہِ کتھ بروٚنٹھے زانٔتھ
''یمہِ شہرٕ چھُ نیرُن از نہٕ پگاہ دامانہٕ دٔنتھ''

کھسہٕ وٚنٔی سو جوانٔی مشہِ تہِ کٔمِس مستانہٕ متیو
کوٚراں چھِ وَچھس اکھ چانٔی ادا دامانہٕ دٔنتھ

اسوٗن سُہ جبیٖن قلمس چھُ فیاضسؔ زیرِ دِوان
چھُکھ از تہِ دِوان تَم میٹھی صدا دامانہٕ دٔنتھ

☆☆☆

۲۰ جنوری ۲۰۰۹ء

اِز: ثناءاللہ نیاز

# طرحی غزل

پرٛتھ انٛدٕ گرٛشان چھُ گوٛشن اکھ مصرٕ نُنٛدٕ بونےٕ
"بُلبُل ونان چھُ پوٛشن گُلشن وطن چھُ سونُے"[1]

یا گو تِمن أچھن منٛز تصویر میٛأنٛز آسہٕس
یا گو ژٕتٕس تِمٕس از آسہٕس یہِ ناو میونےٕ

ونٛدٕ ہے بہٕ چشمہٕ پادن، پوٚز گاش چھُم سوٚتیومُت
کرٕ ہے وتن زوٗل از ژانگٕن مےٚ چھُم نہٕ خوٗنےٕ

یَم خاب چھِم مےٚ ووٚتلان پرٛتھ شامہٕ چون بوٗزِتھ
لیٛکھان بہٕ رأتِی راتس پرٛتھ شعر از تہِ چونُے

کرِ ہے سُہ اکھ کتھا از لیٛکھِ ہے سُہ پرٛون ہیوٗ خط
بلہِ ہے مےٚ دود جِگرس ژلہِ ہے مےٚ زوٗنہِ گرٛونُے

☆☆☆

[1] مہجور

# طرحی غزل

نۂ چھُ تتھ آنٛتھے نۂ چھُ ٹھہراو
''کُمۍ مالہِ چھِتھ ہیوٚک سۄ ڈرِیاو''

آسبس ییٚلہِ تیٛتھُ ہَم تَے کھوٚر
پھٹنہِ زنٛہے تتھ سۄدرس ناو

یہِ چھُ بخشان عِرفان حیات
ڈلہٕ وُن ڈلہٕ وُن خوشوُن واو

ہردس پھٲلرٲوِن گُلزار
سونٛتھ سۄ ژرٛاری وٕڑر کرٕنۍ آو

میٹھان معرفتُک میچھر
زِہوِ پپٹھ چھُم نُنٛدٕ ریشٕۍ سُنٛد ناو

نۍپہٕ ناٲوِن ہے میٲنۍ کٲشیر
ریشٕۍ مالین ہَن ہَن مُشکیاو

ژٕری نس کم سوٚنہٲری اَچھر
کٲشرِ زبِ کوٚرنم پٲراو

للہٕ واکھو وۄن شیٚخٕ شُرٛوکہٕ
خابن اسہِ تٲپرا دژاو

روٗحٲنی مٔنزِل پٲران
نوٗرٲنی نوٗران ہیتھ آو

کر ژٕ علمدارسؒ عرضی
آش دِلچ اکھ اکھ ہکماو

گوٚی زن ژٕے تہٕ امہِ سفرُک شوق
شیشہِ وَتو پکھ لٲگتھ کھژاو

وۄن دِ منس پنٕہٕ نِس أندری
سَن ژٕ کتھن پَن پَن اَبساو

جویہِ پھرِہن وُزناوِن ناگ
سبزوۄن اکھ اکھ صحراو

☆☆☆

۲۶فروری۲۰۱۱ء

# غزل

بۆ ما چھُس خوش نصیٖبن منٛز
مےٚ کتہِ گٲنٛزرن أدیٖبن منٛز

بیمارس کُس نظر دِیہِ ہیٚے
سُہ چھا تیٚتھُ کانٛہہ طبیٖبن منٛز

یِمے کوچھِ منٛز مےٚ للہِ نأوِم
تِمے چھِم از رقیٖبن منٛز

سُہ کس سمکھِم بۆ چھُس سونٛچان
خبر چھا کانٛہہ حبیٖبن منٛز

یِہ جِگرِچ دَگ رٕچھِم رۄزِم
یہے پنٕہٕ نٮ۪ن قرٮ۪بن منٛز

دِوان چھُس تس عجیٖبس وٕنۍ
بٕہ یُٛمۍ گٔنٛزرُس عجیٖبن منٛز

خبر کأتیا ووپر ژاءمتۍ
یمن پنٕہٕ نٮ۪ن خطیٖبن منٛز

بٕہ تیٚیے کمرازٕ کُے اوٚسُس
بٕہ تیٚیے اوٚسُس شکیٖبن منٛز

یمے أسِم ونان فیاضؔ
تِمو لیوٚکھ ہس غریٖبن منٛز

☆☆☆

جنوری ۲۰۱۸ء

# طرحی غزل

خابن ہٕنٛدی تعبیرے پڑٲنیے
کُنہِ تعبیرس دڑاو نہٕ معنیے

خنٛدٕ کرٕنے ییٚتہِ بہٕ تہِ ما آسے
یُتھ نہٕ ونٛدس منٛز یِکھ نُنٛدٕ بانیے

چشمہٕ زرن کیٛا دود چھُ دوٕدے
بہٕ تہِ لوٚژراوان چھُس اوٚش وانیے

کُنہِ تہِ خطس چھَنہٕ خوشبوٗ باسان
لفظن ہٕنٛدی تِم معنے پڑٲنیے

ترٛنس ما اسہِ تھوٗن وارٕ ے
کٔدلےٕ پرٲٹِتھ نیوٗ شِنہٕ مانیے

دِل چھُنہٕ ڈٕنٛجہِ ووٗنی کأنٛسے روزان
گِل نہٕ کُنَے از دِلبرٕ میٛانیے

زؤنہِ پڑژھُم خاًرے چھا دؤ پنم
''تارکھ ؤسی پیٚے افتاب ہانیے''[1]

لُر چھِ تئی پوٚز گرِ نہٕ کھٔنؠ از
گُس گُس ونہِ ییٚتہِ از روز سانیے

گُلمرگن گُن بیٚیہِ زن گرژھِ ہا
ژےٚ تہِ گُس سمکھی مےٚ تہِ گُس زانیے

چھا تے چھُنہٕ ، نہٕ چھِ چھپنس جایی
پیٹھ لاجن یتھ از رُدِ شرٛانیے

پانس پانس ساًری آؤری
ژھاراں گُس کیٛا لیٚکھِتھ لانے

گرٛاکو شاید سورُے لۄٹے
وانٕے ترٛ آوِتھ ژؤلہٕ کھا وانیے

تھٔر کھالان پنہٕ نبن تہٕ فیاضؔ
دؤپہس چاٗنٛ خیالٕے پرانیے

☆☆☆

۱۲/دسمبر۲۰۱۷ء

[1] فراق صاٗبُن مصرعہ

# طرحی غزل

أسی بُسکین کمہِ مکأنکی أسی
پأنۍ وأقف نۍ پننہِ پأنکی أسی

خارِ کوتاہ چھُ سون باپارٕ ن
زنتۍ سودا چھُ کُنہِ دُکأنکی أسی

پڑھ نۍ کأنسے نۍ کأنٛہہ اُمیدٕ ے از
ژأنگی ژھوٚران چھِ آستأنکی أسی

پأنۍ مورخ چھِ حأرتن گأمتۍ
کأنٛہہ نۍ لیٚکھان چھِ کمہِ زمأنکی أسی

اوس آسُن پٕژُن سبٕڑھاہ أسِتھ
پأنۍ محتاج دانۍ دأنکی أسی

اسہِ چھِ ہن ہَن کھٕشِوان وٕ کاکذ کیٚمی
''بے پتہ خط چھِ ڈاکخأنکی أسی''!

کس ہنہٕ مخملی پھبرن پہوان از یاد
تھان ژھاران چھِ پننہٕ واٮ۪ن أسی

کُس چھُ کتھ کُن پکان سُہ کس معلوٗم
تِتھی مُسأفر چھِ کاروانٕکی أسی

تاپہٕ کرٛاین تہٕ روٗدِ شرٛانبن منٛز
خاب سوٗمبران چھِ سایانٕکی أسی

ڈیڈی وانے ہنہٕ بَر چھِ مُژراوان
نتہٕ چھِ مألک تہٕ محلہٕ خانٕکی أسی

شُنیہس منٛز رٕہتھ گمتی باسان
دَپھ زمینٕکی ہنہٕ آسمانٕکی أسی

چھِم ونان تِم فیاضہٕ کیا لیکھکھ
پانہٕ حأکم چھِ اِمتحانٕکی أسی

☆☆☆

لہٰ: امین کامل صأبُن مصرعہ

۱۳ دسمبر ۲۰۱۷ء

# غزل

دوٚدمُت وَچھ کس ہوو فیاضن
دود دِلُک کس بوو فیاضن

ونہِ کس ، کُس کُس چھوکھ ویٚتر ووُن
کُس کُس دوٚکھ پیٚتر وو فیاضن

یمہِ تہِ گُلاٮ۪چ خوٚشبو آلیس
شعرن منٛز مُشکو و فیاضن

شُٲکوٕ کٔمِس کیٛا بروٚنٛہہ کنہِ وٕنی تن
کٔمۍ سُنٛد دِل پھُٹرو و فیاضن
یُس تہِ طمع لٚس دزاو نہٕ پانس
سیٖنس منٛز دفنو و فیاضن

وُنہِ چھُ کنڈٕن ہٕنٛز دگ للہٕ ناوان
پوٚشہِ تھٕرٕن ما بوو فیاضن

کأنٛسہِ مۆنگا تٕمۍ ثأبت کٔری تو
کَس کُن سَر نۆمروو فیاضن

یٕمۍ سُنٛد سریٚہہ لوٚکہٕ چارے اوٚسُس
جِگرس منٛز للہٕ نوو فیاضن

یٕمۍ دیُت نس تس لوٚزٕ کران بو
کٔمۍ سُنٛد دیُت مٔشروو فیاضن

نامہٕ لیٚکھِتھ اِلزام تہِ دِتہِ ہس
گام پٔنُن ما ترٛوو فیاضن

سمکھُس یُس گلِ لالہٕ پنٕنۍ کنۍ
لالن منٛز مولہٕ نوو فیاضن

وٕشفن آسبس زہو زن پھٔرمژ
عمدن کُس وڈٕنوو فیاضن

☆☆☆

۱۴/۱/اکتوبر ۲۰۱۷ء

# غزل

ژیے چشمہٖ ؤنزاۤمے مےٝ ژیلی زؤ جان وژزومے
کیٔا کیٔا نہٖ وژزومے مےٝ ، پٹُن پان وژزومے

بوکہٖ ؤٹ مےٝ پٹنِؤ آس ، جِگر کھؤنٹ پٹُن اوس
کینیٔڑھا یہٖ بدس اوس تہٖ سِرسان وژزومے

کم ٹاۤٹھی طمع ، شوق پٹنِؤ اورِزوے آسِم
یُس یُس مےٝ رٔچھِتھ اوس ، سُہ ارمان وژزومے

پاۤراوَمے وتہٖ ئڈی ، وتن اُجری مَے مےٝ گیؤل پوش
ووتھراۤوِمے کم گُل تہٖ گُلِستان وژزومے

یُس یُس تہٖ لفظ ماۤری مؤند باسیوم سُہ جؤرمے
یُس یُس تہٖ کھؤتُم ٹارِ سُہ عنوان وژزومے

ژھاین تہِ کران بوسہٕ ، ژٕے ہے نوش لب تھٔو مے
گُل دوٕکھ پٔری یآژے نہٕ پٔرستان وٕنزومے

کمہِ غزلہِ ہُنٛد کُس شعر کریومے نہٕ ژٕے ناوس
ژیے شأعری ہُنٛد بے بہا دیوان وٕنزومے

کم سرٕوِ گُلی یتھ آنگنس کمہِ پوشہِ تھرِ آسس
اوٗسُم یہِ محل خان ، عأّلی شان وٕنزومے

تِمہٕ جُبلہٕ پھٕرن مأری مٔنٛدی کمخأبٕ تہٕ مخملی
پرٛتھ شوق پأرأوِتھ مےٚ دِل و جان وٕنزومے

نالس ژٕے جٔرِتھ تھاوِ نے کم مالہٕ فیاضؔن
گُلِ لالہٕ ژٕے ہے لعلِ بدخشان وٕنزومے



# غزل

گُلن ہٕنٛدی رٕنگٕ تٕنٛگل ژُری ہم مےٚ ناوس
سینوسےٕ ما بہٕ پنہٕ نِس آمہٕ تاوس

وٕنٛدان گَس گَس نہٕ پنہٕ نٕن اِشتہارن
قلم یٔمی ژُل تٔمِس لاگان چھِ داوس

وُچھن دستارٕ بٔیِہ ما کأنٛسہِ کھولُکھ
ژٹن پآزس پکھے دِن ناد کاوس

وُنن گوٚژھ أزی اگر اوٚسس وُنن کینٛہہ
تٔمِس چھا پے پگاہ تامتھ بہٕ پرٛارس

یِمے گٲژتاں کِتابے چھَم یِتُے چھُم
بٕ یتھ المارِ منٛز بیٚہِ کیٛا ونٛ تھاوس

پٔنٕنۍ پیٚنٛڈ چھَم کنٛڈیو وٕجمٕژ وُچھان چھُس
دفن أتھی منٛز چھِ گأمتۍ میٛأنۍ ہاوس

ظٕہری آسبٕس نٕہ سمکھیوٗمُت گُلے کاٗنٛہہ
ہواوَو ژٕیےٚ ونیوٗتھم یاد پاوس

فیاضسؔ وُچھ چھِ کم کم ڈالِہ واتان
مےٚ کُس مالےٕ بَدس چھَم نألی ترٛاوس

☆☆☆

فروری ۱۹۱۸ء

# غزل

ہلم دورُم نۂ زاثہہ اؤش قطرِ ہورُم
یہِ خوش کوٚرنکھ وؤنگُھ دامن بچوُم

رُما ونۂ ہکھ بیہُٚن شمعس نکھے یُن
طمع ییٚلہِ تیٚلہِ ثڑےٚ وُزِنووُتھ مےٚ سووُم

وَچھس منزِ گٔنۂ مےٚ نا أٔسم دِلےٍ بَو
گوٚمُت اوسُم یسُنٚد کہٗیا سُہ گورُم

تِمو منزِٔ ما چھُ ییٚتہِ سمکھان کہٗنہٗ از
یَمن ونۂ ہا یہ وق کِتھٕ کنہٕ گرُزورُم

بۂ ما کنۂ ہن پٔنُن روٗچھمُت دِلاور
سوٚرُے وؤندمس أمی سورُے سنٚدورُم

حکیمے کاہٕہ نہٕ ییٚتہِ دادٕن چھُ دٕ ہے  
دوا خانن کُمن وانن نہٕ ژھورُم

گنڈن دستارِ کیٛا کفنس چھِ زاگان  
پھبٕرن پنہٕ نے وۄلم پانس تہٕ پورُم

پرٛژھان کاہٕہ کاہٕہ مےٚ بَو خاًرِے چھُیا از  
تہِ کُس ونہٕ ہا یسُنٛد اوسُم سُہ روۄم

پھِران رۄدُس بہٕ یَمہٕ تصویرِ أندری  
مےٚ ییتھ أنس اندر کُس کُس نہٕ ژھورُم

کنَو بۄزُم ونان میٛانٕن گُلابن  
تھٕرِے پھُٹرم فیاضسٓ فِکرِ تورُم

☆☆☆

جنوری ۱۹۱۸ء

# غزل

شکوٕ بِلکُل نہٕ کانٛہہ شکایت چھَم
دود للہٕ وُن پنٕنۍ رٕوایت چھَم

توتہِ ستھ ہِش مےٚ چھَم گرٛھان صُبحے
شیٖنہٕ پیٖنٛۍ پیٖنٛۍ کراں مےٚ باوتھ چھَم

نظرِ تل چھِم مےٚ قبرِ پیٖری یأتی
بس مےٚ پتھ کُن یِہے وراثت چھَم

توتہِ کانٛہہ کانٛہہ چھُ 'لاجوابؔ' پران
دوستن ہٕنٛز یِہے سخاوت چھَم

دوشِونی چھُس بہِ أچھ کِٹُر باسان
ہُمہِ تہِ زاگان ، یَمن رقابت چھَم

یُس مےٚ رؤ چھمُت وُ چھان چھُسن تٔسی ہیؤ
از مےٚ باسان نٔوِے کرامت چھَم

محفلن منٛز بہِ تمٔی سُنٛدُے گٔنٛزران
سُے تھیَکُن چھُم یسِنٛز وسالت چھَم

نێبرِ سمکھان چھُ کانٛہہ تہِ اؤش ووتھران
أندرِ دأدِس گرٛھان تفاوت چھَم

چشمہِ تُجہِ نمِ ، دِلاسہِ ہیؤ دیُت نم
از فیاضس تسِنٛز عنایت چھَم

☆☆☆

ا؎ گوڈنچ شعرِ سۆمبرن

دسمبر ۲۰۱۷ء

# غزل

بۍ کٔمۍ ییتھ پٮ۪ٲنس ترووُس ونو کس
بۍ کٔمۍ ییتھ تاوٕنس لوٗگُس ونو کس

بۍ زن ونہٕ ہا تۍ کس ونہٕ ہا وَنس کیٛا
بۍ نَے تتھ لایقے اوسُس ونو کس

یِہنٛدی اسؤنی دہَن أسِم أچھن تل
تِمو ٹاٹھیو بۍ وِدنووُس ونو کس

دِپیوٚمس رأژ باسان ژۄنگ اوسُکھ
دۄپُن پننہٕ نوٚ بۍ ژھوٚرووُس ونو کس

جران اوسُس حُسن یٔمۍ سُنٛد بۍ غزلن
تٔمۍ مرثی بۍ لیٚکھنووُس ونو کس

طمع اوسُم ، رُما بیہٛہِ ہے مےٛ نِش زاثٛہہ
بۂ نَے تٔمۍ زاثٛہہ تہٕ پڑٛزٕنوۄس ونو کس

مےٛ ہے باوژ بلےٕ نیۆہم تہٕ کٔہۍ یا
یٚمو وأنٛج بۂ تلہٕ نوۄس ونو کس

ہَلم دورُم أمی پنٕہ نی ضمیرن
قلم نوِ سرٕ بۂ تُلہٕ نوۄس ونو کس

کفن لفظن سُوِتھ کینٛژ و رفیقو
زِندے أسِتھ بۂ دفنوۄس ونو کس

فیاضسٓ چھَم یہِ تٔمۍ سٕنٛز میٛہربأنی
نَتے کأتیوِ زہر کھیٛوۄس ونو کس

☆☆☆

فروری۱۹۱۸ء

# غزل

گِندأنی کاتھہ ، نہٕ کاتھہ ماران چھُ ڈالےٚ
رِنٛدے باسان ، نہٕ کُنہِ از پوشہِ مالےٚ

سُہ چھا تَس بالہِ چشمن آب باسان
کرأنی کاتھہ نہٕ از لالس چھُ سالےٚ

سُہ گۄچھِ کُٹھ میون ، وچھِ مَنٛزل تہِ موٚشوا
روٗسُل میرن مےٚ پرٛژھُنم حال حالےٚ

ورق جورا لیٚکھِتھ نقدس کِنان چھِکھ
پران فاتحے مزارن خال خالےٚ

اتھن وۆندمس مےٚ رتھ ، گُلی مٮ۪ٹھی کٔری مس
مےٚ دۆپ کتھ ما کرہٕ تراوہٕ ملالے

گُلابس یُس وِ سُے داران ہلم چھُس
گوؕمُت پڑؕژھیوؕن چھُ ییؕتہِ باسان گُلالےِ

پنِئِ اوؕش قطرِ چھِم ناپان مےؕ نالس
لُکن باسان ظئہری چھَس موؕختہِ مالےِ

سُہ چھُنہِ کاثہہ نامہِ بَر نظرے گرشھان از
مےؕ باسان خط یِہنگ ووؕنی چھُنہِ سوالےِ

سُہ کُس کن تھاوِ از گرؕاون فیاضسؔ
یِمُس ونہِ ہا سُہ چھُنہِ ہاوان جمالےِ

☆☆☆

# غزل

ژھوٹان باضے بحر زیٹھان تہِ باضے
گھے میٹھاں غزل کریٹھان تہِ باضے

خطن کیٔا دَپھ کتھن تامتھ تہِ ٹھاکھے
وتن پیٹھ أسی نتہٖ سمکھان تہِ باضے

مےٗ باسان تھُہ تہِ ما سوٗنچان أسِو
وٗن کیٔا سوٗنچو ، بہٖ چھُس سوٗنچان تہِ باضے

وٗن چھُنہٖ سمکھان تہِ تیٚتھ کانٛہہ دأدی کوٚٹھے
گنڈان دشہِ بےَ نِوان استان تہِ باضے

گرٛھان دستارٕ مہرازن چھِ رتہٖ سٔری
چھُ توبوٚتےٖ بنان زأنپان تہِ باضے

سنُن نوزُک کتھن ہاوُن تہٕ باوُن
سمن بل یاد چھِم پاوان تہِ باضے

درأنی از لٔنجن پیٹھ چھکھ نہٕ بُلبُل
کھٔٹِتھ تھاأوِکھ گُلن گُلدان تہِ باضے

مےٚ باسان توٚہہِ تہِ پھٹنس آیہِ وأنج
بہٕ ژٹنس سینہٕ چھُس واتان تہِ باضے

یَمن لاشن تہِ ووٚنی گاٗمتی چھِ تسلی
وُٹھن اٗسِکھ ہٕتۍ ھے تڑاوان تہِ باضے

وَچھِکی چھوکھ اٗسی تن یا دَگ چھوکن ہنٛز
فیاضسؔ چھِم دِوان عنوان تہِ باضے

☆☆☆

اگست ۲۰۱۸ء

# غزل

چھوکھ اڈٚن تازے ، اڈٚن باساں چھِ کرٛآلی
چھِم دوٚہس سمکھاں مےٚ ییٚتہِ کآتیا سوآلی

پانٕہ مآرِس واتنآوِکھ کیٛا کرن
جانوارن تھآوِکھا کُنہِ جایہِ آلی

وانٕہ والٚن زن کہَر تھانٕے نٕہ کاٛہہ
پرٛانٕہ وارن منٛز چھِ پھیراں خانٕہ مآلی

آسی بامن پہٚٹھ یَمن کوتر بیہٕان
تِمٕہ محل خانے مِٹآوِکھ زآلی زآلی

گُل تہِ از خدٕ خالہِ کنٕز باساں عجیب
پرٛتھ گُلابس روے چھُ از باساں گُلآلی

چشمٕہ تے منگہِ ہے ، بہٕ ما کرٕ ہس جواب
مےٚ وینیو واوس اَنن کُنہِ ساتہِ سآلی

کینٛہہ اگر وۄنمس دۄپُن فُرصت کجا
کینٛہہ اگر مۄنٛگمس دۄپن دِل چھُم وُبأ لی

رأو لفظن مأری منٛز اکھ اکھ مِثال
تشبیہن منٛز أسی کم بادام خأ لی

وِگنہٕ کتہٕ ونہٕ ون ، سُہ کتہٕ صُبح سُہ لَے
یمہٕ چھِ ماتم خانہ ییٚتہٕ شۄبیا قوأ لی

یتھ ہجۄمس منٛز مےٚ چھَنہٕ نظرے گژھان
کس چھِ از گیسو تہٕ کس شہمار نأ لی

شیٚچھ یَوے سۄزِن ،مےٚ کینٛہہ سوزُم فیاضؔ
چھُم دۄکھو رۄس کیٛا بہٕ کیٛا تس سوزِ ڈأ لی

☆☆☆

۲۲؍دسمبر۲۰۱۸ء

# غزل

توتہِ کاثٔہہ سمکھاں وناں اوُسم دلیل
از یُسُے ڈیشن سُہ چھُم باساں علیل

چھِم پرٔژھان پھِری پھِری مےٚ یِمہٖ کاکذ ورق
چھا قلمکارن تہِ موکلیٖمڑ سو میل

کتھ کِمٔس ونہٖ ہا مےٚ ہے وأنج پھٔٹم
ستھ یسٖنز أٔسم مےٚ سُے باساں بخیل

نارٖ دٔدی ، چھوکہٖ لد مسأفر ترٔیشہِ ۂتی
کُس نہٖ یِیٚتہِ پرٖژھیوٚن چھُ ژھاران کاثٔہہ سبیل

دامنس لوٚمہٖ ہم ، دوٗ پُکھ دارُن ہلم
مُشکلن رٔچھٖمڑ مےٚ چھَم ناٖلچ یہِ ریل

اکھ شبا یِکھنا مےٚ نِش ونہٖ ہے مگر
چھُم نہٖ یتھ ژھیٚیہِ پہرِ منٛز ژأنگس تہِ تیل

کاسہِ تس دوکھ ، دأدی غم ، باسبس پئُن
آسہِ لیس سیٛنس اندر ربُ الجلیل

دژے کسٕنز ہاوَو ، وصف کٔمی ہٕنڈی پھِرو
چھِم یواں زبِو پیٛٹھ مےٚ تِمہٕ سبٕھٕے قلیل

توتہِ کیٛنہہ دستارٕ کھٔنجہِ آسس بدَس
نتہٕ کٔمِس یِیٚتہِ کفنہٕ گز منگہِ ہے قتیل[1]

چھَم نہٕ بٔلی سُرخی یَمن حرفن فیاضؔ
چھِم گٔمتی رتہٕ سٔری مےٚ یتھ پٕروارِ جیل



۱۷؍دسمبر ۲۰۱۸ء

[1]: قتیل شفایی

# ژُمصری

یادٕ وۄترِس تچھاں چھُ اَکھ اَکھ ساتھ
روبرو ہا یِواں چھُ اَکھ اَکھ ساتھ
داستانن لگاں چھُ پھِیُر یامتھ
اکھ قیامتھ بناں چھُ اَکھ اَکھ ساتھ

دوس رأوِم تہٕ دوستی رأوِم
پان ژھورُم تہٕ زِندگی رأوِم
پرٛتھ پۆدس پیٛٹھ وُچھِم مےٚ تنہأیی
دوستن ہنٛز سُہ دِلبری رأوِم

مےٚ چھٕو کھٔییا زہر پروردِگارا
ژےٚ چھےَ سأرِے خبر پروردِگارا
بنُن آدم یہِ موٚت دُنیا بساوُن
یہِ چھُے میونے جِگر پروردِگارا

رچھان اوسُس دِلکی ارمان باضے
پیوان اوسُم سرُن طوٗفان باضے
ونٛ لوسان أچھ تہِ چھَم پوٚت نظرِ دِی دِی
مےٚ سمکھان اوس کانٛہہ انسان باضے

پھٕٹِتھ دڑاہرِ چھِہ زہو بیٚیہِ کربلاہس
بڑھان پھِرِ پھِرِ وُچھان یتھ کأیناتس
حُسینسٕ بییٚہِ تہِ کانٛہہ آلو کُرِو نا
شُمرِ ژلہِ ہن ملر ووتھِ ہن فُراطس

گُرم لالچ بجا اوٗنم پنٕن بول
بہٕ چھُس منٛزِ چھان مےٚ دیُت چانٛہن کتھن دول
خداوندا ونٛ سورُے در گُذر کر
ژٕ چھُکھ پرٛتھ شایہِ پیٹھ قدرت تھون وول

بہٕ حالاتو کوٚرُس آوارٕ یا رب
ژٕ نے بخشکھ مےٚ کیٛا چھُم چارٕ یا رب
نیٚبرِ کنِٛ یُس ونٛ سُے سُرخی وُچھان چھُم
أندرِ کنِٛ چھُم گوٚمُت پُژپار یا رب

وۡتھن گربزٕنچ مٔدٕر لے چھُکھ ژٕ بخشان
چھِ چانے نوٗرٕ روٗتلی شولہٕ ماران
مےٚ تےٚ تمہِ ساتہٕ کرٕ ہکھ اکھ عنایتھ
پنٕنۍ رحمت ژٕ ییٚلہِ چھُکھ بأگراوان

ژٕ چھُکھ گردن پھِران جانانہٕ باضے
مےٚ چھُکھ دأرِتھ دِوان پیمانہٕ باضے
ہلم دأرتھ منگان لولٕچ براتھا
چھُ موٚت شأعر بنان دیوانہٕ باضے

اتھو کٔنڈۍ گُلۍ رُوِم سرٕکن تہٕ کوچن
زَزُر ژوٗنم کمن باغن تہٕ گوشن
دٕچھِن کھووُر سوٚرُے اوٗ ند پوٚک دزان چھُم
چھپن جایی مےٚ رأوِم اورِزوین

نہٕ چھُم سودا کرُن پانس نہٕ لیلام
نہٕ چھُس تھاوُن یژھان زانٛہہ آدمس پام
پہوان چھُم یاد پرٛتھ درگاہِ وأتِتھ
ضمیرس وعدٕ چھُم دیُت مُت مےٚ کیٛاہتام

ووداٰسی اوٗند پوٚک فِرآری شہرس
چھِ زن تہٕ لگٔی ٕمتی ونٛ تآری شہرس
اکھ اکھ نظر ییٚتہِ وٕڈسی چھِ گإٓمژ
چھُ شاپھ دِتھ از ژوپآری شہرس

دژاو فرمان اچھرٕ خم بدلآوی
زآلی کاکنز ورق قلم بدلآوی
ژھایہِ گٔیت گو تہٕ زایہِ نٔو تخلیق
موسیقارو تہ زیر و بم بدلآوی

☆☆☆

# غلام محمد غمگین صاٗبس نذرانہٕ

أچھ چھٕم پھوران غمگین صاٗبا
دِل چھُ پریشان غمگین صاٗبا

چانٕہ پرٛانٕہ ژھایہِ ہلنٕہ منٛز
کانٛہہ چھُنہٕ سمکھان غمگین صاٗبا

زبِ پیٹھِ مےٚ تہِ اکثر چھِ یِوان از
چاٗنی عنوان غمگین صاٗبا

تتھ بیٹھاکس پیٹھ چھِ ہتھ از
بدلےٚ انسان غمگین صاٗبا

ریشیٖؒ صاٗبُن کُن ییٚہِ گژھِ ہا
ژیٖی چھُس پرٛاران غمگین صاٗبا

ژٕ تہِ ہے وُچھِ ہکھ مرثی لیٚکھِ ہکھ
ییٚتہِ کیٛا سپدان غمگین صاٗبا

تِمہٕ سمکھنہٕ پینٛچہِ تے لۆراوبۄھ
کتہِ تِم استان غمگین صآبا

ژٕے تہٕ منظورِنٕ ۓ گُن تہٕ لیاقت
خاب چھِ باسان غمگین صآبا

پیۆر نہٕ زٕروان ، گُل کتہِ آسن
سُہ چھُ قبرستان غمگین صآبا

گگ ہے أندری جِگرس کٕرِ ہم
دَگ چھُس للوان غمگین صآبا

چانہِ کلاۄچ خوشوٗنٕ خوشبوٗ
چھم سلہ باوان غمگین صآبا

سانٛہن نالن مالہٕ نہٕ زٕروان
لال چھِ چھٕکران غمگین صآبا

حال پۆژھان چھُم از تہِ سُہ شوقل[۳]
خبرِ مےٚ واتان غمگین صأبا

ہمدم رۆدُم لاچأری منٛز
بس یہِ قلمدان غمگین صأبا

سوٚنتھ یِنک چھُنہٕ کانٛہہ اِمکانےٕ
تیٚتھُ چھُ زُمستان غمگین صأبا

پننہِ منٛگ آسُن چھُ فیاضس
سُے چھُم رنٛزوان غمگین صأبا

☆☆☆

۱ے: زیارتِ حضرت پیام الدین ریشیؒ

۲ے: منظور ہاشمی

۳ے: ثناء اللہ شوقل

جنوری ۲۰۱۸ء

# سُے شوخ جاوِدانی

نغمن پٔنٕز روأنی حُسنس چھِ مٔژ جوأنی
عشقس چھِ باگہِ آمٕژ سوے شوخ جاوِدأنی

جذبن چھِ زہو دِواں یم بے آب تاب منظر
سوزس چھِ ساز بخشاں یم پُر شباب منظر
نظرن اندر چھِ ووتلاں گُلزیرٕ ہٕنز کہأنی
عشقس چھِ باگہِ آمٕژ سوے شوخ جاوِدأنی

دیوانہٕ کینٛہہ کراں گٔژھ از لولہٕ آستانس
پڑاراں مُدے گٔنڈِتھ کینٛہہ صُبحہٕ شام عید پانس
کانٛہہ کانٛہہ نیاز تھاواں لولس چھُ زِندگأنی
عشقس چھِ باگہِ آمٕژ سوے شوخ جاوِدأنی

زأہد ثواب گٔنزراں اوٚنگجن حِساب گٔری گٔری<br>
دیوانہٕ رِند چھِ تھاواں ملرٕبن شراب بٔری بٔری<br>
غمگین دِلن چھِ سمکھاں ننہِ وانہٕ شادمأنی<br>
عشقس چھِ باگہِ آمٕژ سوٗے شوخ جاوِدأنی

ورٕقن دِواں چھُ پھِری کاںٛہہ یادن ہٕنٛزن کِتابن<br>
داراں ہلم کنڈٕبن کُن پھِری پھِری وُچھاں گُلابن<br>
ارماں دِٕلکی کراں از اِظہار بے زبأنی<br>
عشقس چھِ باگہِ آمٕژ سوٗے شوخ جاوِدأنی

غزلن تہِ لَے امارٕچ ، چشمن تہِ تیٚہہ خُمارٕچ<br>
پٔری ین چھِ سال گٔری گٔری مسول اناں بہارٕچ<br>
وجدس اناں چھِ وِگہٕ نٕبن بے وایہِ لامکأنی<br>
عشقس چھِ باگہِ آمٕژ سوٗے شوخ جاوِدأنی



# ماّنٛزِ مہریٛنٛز

ژٕے چھےٚ ماّنٛز لاّ ِگتھ اتھن چھُے مُبارکھ
ژٕے خوشبوٗ یِواں چھےَ کتھن چھُے مُبارکھ

ژٕے چھےَ پوشہِ پادن یہِ خوشوٗنی نزاکت
ژٕے چھےَ ڈیڈِ پأرِتھ وَتن چھُے مُبارکھ

جینٛس ژٕے چھُے تارکو نال وۄلمُت
شُباں چھےٚ ژٕے سُرخی وُٹھن چھُے مُبارکھ

نصیٛبس ژٕے چھُے مسولن ہُنٛد یہِ یاوُن
عجیبٕے ژٕے اَسہٕ وُن دَہن چھُے مُبارکھ

ژٕے شوٗباں یہِ جاأُفری نقش ماّرموٚند چھُے
ژٕے بخشُے حُسن قُدرتن چھُے مُبارکھ

یمبرزل فِدا از ژٕے چھےٚ سورمہٕ چشمن
گُلابو ژٕے پوٗرُے بَدن چھُے مُبارکھ

ژٕ چھَکھ مأنزِ مہرٕینٛز سجاں پوشہِ تھُر ہِش
ژٕے پانس تہٕ چانٛن ویسٛن چھُے مُبارکھ

ژٕے چھِی جامہٕ خوشوٗنی ژٕے کمخاب پأرِتھ
یہِ سونٕہری تہٕ مخملی پھرٕن چھُے مُبارکھ

ژٕ وُچھ أنہٕ منٛزی ساگہٕ لَر کیٛا ژٕے شوٗباں
نپاں تالہِ رَز دوٗرِکن چھُے مُبارکھ

جُرِتھ چوٗنہِ چھَے دون اَتھن واجہِ لأ گِتھ
گہاں بنٛگرِ چانٛن نرٕن چھُے مُبارکھ

ژٕے چھِی مالِنٛکی ڈالہِ تھاواں سجأوِتھ
وُچھاں چھِی ژٕے وأرِو وَتن چھُے مُبارکھ

گراں مأری منٛزٕ یَم علامژ چھُ شأعِر
یَمن حُسنہٕ چِہٕن تشبیٖہن چھُے مُبارکھ

خُدا تھأوی نے شادماں پوشہِ مأٔلی
فیاضَن لیوٗکھُے مُحبتن چھُے مُبارکھ

☆☆☆

# طرحی وژُن

نُنٛدٕ ریشیؒ سٕنٛز کتھ تھاو ژٕ دیٛانس
''کرٛۄد نو مُسلمانس پزی''
اخلاصکی گُل مُشکاو پانس
''کرٛۄد نو مُسلمانس پزی''

کرٛۄد ہے پالکھ ریہٕہ دِکھ پانس
تن من ہَن ہَن سورُے دٕزی
رأچھ ژٕ کر بس أتھی عنوانس
''کرٛۄد نو مُسلمانس پزی''

کرٛۄد چھُ تٕنٛبلاواں انزانس
کرٛۄدُک کۄنٛڈ پننہٕ وأنٛجہِ ٹٕزِی
کرٛۄد چھُ برٛمہٕ راواں اِنسانس
''کرٛۄد نو مُسلمانس پزی''

کرۄدُک مَل ییٚنہٕ تھاوکھ گِیانس
یُتھنہٕ خزانے اتھٕ منٛزٕ گرٛھی
اِی چھُ حدیٛثس تِی چھُ قُرآنس
"کرۄد نو مُسلمانس پزٕی"

ڈِ ے کاس دِلہٕ کِس آیینہٕ خانس
لولُک امرِتہٕ ناگ ژٕ ے وُزی
معرفتُک مَس بَر پیمانس
"کرۄد نو مُسلمانس پزٕی"

وصلچِہ کلہِ دیۄ وٕنی جانانس
اصلُک ساز ژٕ ے تارن وُزی
من پرٛزٕناوِتھ سن عِرفانس
"کرۄد نو مُسلمانس پزٕی"

رأضی چھُ رب تس درۄدٕ خانس
یَس نہٕ ہوس ایمانس پھری
لوٕلچ خوشبۄ تس چھِ دہانس
"کرۄد نو مُسلمانس پزٕی"



# پروفیسر محی الدین حاجنی سِنْدِ ناوِ

پڑوَن منز دژاو نوٗن روخسار تٕمی سُنْد
لیٚکھاں ووٚلرِکی ملر انہار تٕمی سُنْد

دِلاوَر ساوِ پوٚز سنجیٖد بے حد
شوزر سونٛچک عزم خوددار تٕمی سُنْد

مِزازن سانہِ تہذیٖچ علامتھ
تمدن سون بَو وِہار تٕمی سُنْد

کتھن معنی وُزاں زن ناگ اَسِس
تھیٚکُن لایق متٕن گُفتار تٕمی سُنْد

قلندر ہیٚوٚ پکُن درویشہِ انداز
وتن خوشبوٚ چھکاں رفتار تٕمی سُنْد

خلوٗصس کیٛا وَنن موسُم تہِ گٔلی گے
رچھُن ہردس تہِ پہو گُلزار تٕمی سُنْد

گُلن ہٕنز بوے کنڈٕن ہٕنزی چھوکھ تہِ اَسِس
عجب سمسار بَو سمسار تٕمی سُنْد

وُچھاں ژھاین نسیمکی سروٕ اَسِس
چھُ مولہِ واں بونہِ پن شیٚہجار تٕمی سُنْد

مدح لیٚکھس بہٕ کُس عنواں تھاوس
چھُ یتھ قلمس اندر ایثار تٕمی سُنْد

# سہلا بٕکۍ منظر

لال چوکٕکۍ وان باواں داستاں
روٕنقے ڈٕجمٕژ پیٚمتی وٕسی سایبان

لُکھ چھِ واوس تام از پھِری پھِری پرٛژھاں
یادٕ چھا أسی دوستن پنٕہٕ نٔن پیٛوان

آب آبٕے آب ، بیٚتہِ پرٛتھ انٛدٕ چھُ آب
خاب از گأمتی چھِ خوشٕوٕنی محلہٕ خان

آنگنن ژھاراں پٕنٕنۍ بسکین از
دارِ بَر از درٕدٕ ہٕتی آلو دِوان

مأج پڑاراں کورِ شُری ہے رأوِۓمتۍ
مول نچُوِس ، بوے بأیِس ۄُنۍ دِوان

آسمانس پێٹھ نہٕ باساں آفتاب
ییتھ زمینس پێٹھ نہ از تاپھَے ۄُچھاں

کأتہن ہے چاک دیوارن گگمتۍ
ۄسی پیٚمتۍ وأراں گگمتۍ کأتیا مکاں

شأعِرن قلمٕے چھِ باساں رأوِۓمتۍ
باوہَن خاموش چھَکھ گأمٕژ زبان

پوشہِ چمنٕے نِ تہٕ سہلابن ڈٔہِتھ
کأشرٕن فیاضہ بَو اکھ اِمتحان

☆☆☆

۱۷؍۱؍اکتوبر۲۰۱۴ء

# دوٕن بۆنِنہٕ ہُنٛد اِنتظار

ویٚتھِ ہِنٛد ہن دوٕشوٕنی بٹھٕن پیٹھ
پرٛانہِ پلہِ کٕبن دوٕن حِصن پیٹھ
دوٕن بۆنِنہٕ ہُنٛد اِنتظار
بۆنِنہِ دوٕشوے بیقرار
اَکھ عجیبے اِنتشار
اَکھأ کِس پھِری پھِری وُ چھاں
بۆنِنہِ دوٕشوے ہے وَلا
اکھأ کِس آلو دِوان
زَن تہٕ بوزأنی نہٕ کانٛہہ
غأب یِم آلو گرٛہاں
ویٚتھِ ہِنٛزن لہرن اندر
کٕدلہِ کٕبن دوٕشوٕنی ٹھٹھٕن منٛز
شُسترٕ وگیٹن اندر
نتہٕ ہُمن ووزجن رِکھن منٛز
درد ہٕتی آلو شرو پاں
دوٕشوٕنی بۆنِہٕ نٕبن چھِ ہِجرٕ چ دَگ پھہان
کانٛہہ نہٕ یِہنٛزن تھچہِ مَڑن نظرن سنان

چشمہٕ دوشوٕنی نَم تہٕ زہو پھیہٕہ پھیہٕہ کران
دوشوٕنی ہُنٛد ماجہِ مالیُٛن
مأٹی سنٛز سونہأری پیٚنٛڈ
بأگرِتھ تھوومُت رِکھن منٛز
بیٚننہِ دوشوے رأتی راتس تہہ کراں
خابن تہٕ صُبحن رِکیُت تھواں
اِنتظارٕکی دوہہ گُذاراں
تاپہٕ ژٔنجہِ منٛز
شینہٕ کھونہِ منٛز
روٗدِشرٛانبن منٛز تہٕ پرٛاراں
شامہٕ کبن شفقن مُدے گٔنڈی گٔنڈی وُچھاں
تارکن منٛز
رأتی راتس وٕنی دِواں
ژھاراں ژٔندٕر
پرٛاراں بیٚیہِ
کرپھولہِ صُبح
اکھأ رِکس وُچھنس چھہِ روزان بےقرار
دوشوٕنی بینٛہٕ نبن چھُ آسان اِنتظار

☆☆☆

## شہباز ُن غم (مرحوم علی محمد شہبازنہِ ناوِ)

یمہِ گُم ووٚنی کتہِ نس شیہٚلا وکھ
کیٚا تھاوِ ڈٲکھس کتہِ دِمہِ تھکہِ دَم
یَتھ بونہِ چھُ بیٚیہِ از لوٚنگ پھٹُمُت
ہوٚتھ سروس بیٚیہِ از ژامُت خم

پنہِ پوٚنپرِی تہِ چھِ از دم پھٹِ ہوی
گُل لالن پھوٚلمُت سوٚسنی رنگ
بُلبُل تہِ چھُ مرثی خان ہُنتھ
گُلِ ٹور ہن از کٔمی سُند ماتم

ونہِ ہارِ چھُ پکھ زن پرٛژناوِتھ
شیٚچھ کوتُر کأنسے چھُنہِ سمکھان
نہِ چھُ طوطہِ وُچھان نہِ چھُ کُکلہِ صدا
ونہِ وِگنیو أندری روٚٹمُت دم

نہِ چھِ پٔہرٕس از گرٛزنہِ وٚنی آواز
نہِ چھِ بنگٕس وادی از تم ناز
ونہِ ہارِ چھِ کس تامتھ ژھاراں
دِوِدار چھِ از سأری سرخم

نہٕ چھُ سوپرؠ نہٕ چھُ ورمُلؠ دژامُت
نہٕ چھُ گرِ نہٕ چھُ یارن سمکھیٚامُت
لولٲبؠ وتو توہہِ ما وُچھِ وُن
کُنہِ جایہِ سُہ ہنٛدٕواریُک حاتم

نہٕ چھِ شامِ غزل تمہِ اندازٕ چ
نہٕ چھُ جانِ غزل از محفلہِ منٛز
تمہِ میٹھی تہٕ مولہِ وٕنی شعر کجا
تمہِ سوخنن ہنٛدی پھولہٕ وٕنی کوسم

تس وۄن نہٕ ظٲہری کٲنٛسے بایا
وَن کٲنٛسہِ ژےٚ رخصت ما چھِی ہیوٚن
ژٕہے دژاکھ تہٕ کاٚنہہ ما گژاو گری
ژےٚ ہے رٕچھٕیتی چھِی کم کم آدم

پروانہٕ مرازٕکؠ گُلؠ مۄراں
کمرازِس پنہٕ نُے راون تیوٚل
یتِہ چھُ چمنُک چمنٕے للہِ ناواں
تس پوشہِ مٔتِس شہبازُن غم



# پتۂ پھیوٗ رۓ نۂ پوٚت

(مرحوم نشاط انصاری ہِنٛدِ ناوٕ)

روٗٹھ چھُنہٕ بلبُل بُتھے ہاواں نشاط
بیوٗٹھ کتھ گوشس خُدا زاناں نشاط

آسہِ ہیٚس پڑاران منظوٗر ہاشمی
پوشہِ موٚت شہباز گوہر[1] حاجنی[2]

پننہِ زبِ ہنٛز بے بُسی لاچارگی
آسہِ از سورُے تِمن باواں نشاط

اخترُن رہبر، ضمیرُن سایبان
تاج منصوٗرُن جمیلُن مہربان
شوکتس دِتھ گو پنٕنۍ ادٕفری زبان
باغ تِہُنٛ درٛاو مُشکاواں نشاط

احسئن نکھِ پھیوٚک ، مشعلُن یار دزاو
شانہِ بوٚڈ گونماتھ ناماوار دزاو
نازکیؔ[۲] سُند دوس اَخر کار دزاو
دزاو مشغولؔس سُخن باواں نِشاطؔ

محفلن منز کاًر تھوٚد تھأوِتھ بیہان
پرٚتھ سٹیجس پیٹھ سُہ بوٚ جادوٗ بیان
کاًملنہِ شعرِچ ذِکر پھِری پھِری ٹلان
رأیِنہِ قلمُک قسم ہاوان نشاطؔ

پرتوُک نِگران کمرازُک وبقار
علمہِ ادبُک اکھ سوٚدُر گاًشُر مُنار
نارِونؔ۔ گُلنار سبٚھِے بیقرار
کیاَزِ چھُنہِ از شعر گنگہِ راواں نشاطؔ

زیوٚٹھ مَس تھأوِتھ سُہ موکھ پزون دزاو کوٚت
قد سُے چھُس کاًنسہِ ما وُچھوٗن سُہ موٚت
تیز پٔدی ترٛاَوِن تہٕ پتہٕ پھیوٚرِے نہٕ پوٚت
آسہِ عمرالسؔ ظٔہری ژھاراں نشاطؔ

پرٛتھ خطس اندر کراں پھِری پھِری خطاب
وق چھُ ژلہٕ وُن واو ، ڈلہٕ وُن آفتاب
چھاپہٕ نے تھأوِتھ ژٚے از تامتھ کتاب
ناد سۄزِتھ یاد بَو پاواں نشاط

دَگ چھِ فیاضسٓ جِگر أندرِی ژٹان
زبٕو گرٛھاں دَم پھُٹ تہٕ چشمن اۆش ہران
کوچہِ دیلِنٕکی یام چھِم پھِری پھِری ونان
دارِ چھُنہٕ کمرس وٕن مُژراواں نِشاط

☆☆☆

ا: محی الدین گوہر

۲: پروفیسر محی الدین حاجنی

۳: رشید نازکی

# احساۓِچ دَگ

چھُم آئےِ پٹُن کیٔاہتام پرٔژھاں
احساۓِچ دگ چھَم سینۂِ ژٹاں
ہمۂِ ودٕوُنۂِ کربکۂِ چھَم وُچھ کوٗراں
یَمۂِ ووٗش چھِم وأنٛجِہ نیزِٕ سنان
پادن چھُے لاراں خوٗن پٹُن
وتۂِ پٔدی چھِم پھِری پھِری ناد دِوان
یتھ مالِہ یتھُے کانٛہہ پھوٚل راواں
یتھ جگرس چھُم پُژٕپار گرٛژھاں
کھِیایہِ گینڈُکھ یتھ پھِرِ پشَس
مےٚ چھِ وُچھمِتۍ کم کم واوِٕ طُفان
مےٚ ہے کأتیا سودا گر سمکھیے
موچھِ موٗرِتھ ہیوٚتمکھ چھوکۂِ لد پان

پئنۓ نئین ہُنُدِ راوُن ِکتھۓ زرۓ ہا
پرِدِین تے اوُسس لول بران

نبۓ پپٹھۓ کاںہہ تارُکھ ہے وُسی پیُو
مےؔ چھُ باساں بدنُک اںگ راواں

ینۓ وعدۓ ڈَلکھ ، ینۓ لول مُشی
یمۓ کوہہ چھِم پھِری پھِری ژٹراواں

مےؔ چھُ للٰہِ ہُنُد امرتھ یاد پیواں
نںدۓ ریشؔی ۓسںدی شُروُکھی بیّیہِ ٹآٹھ زبان

ِکتھۓ ٹارِ مےؔ کھسۓ نم شیشۓ محل
میے اوس پئُن دِودور مکان

چھُم آنۓ پئُن کیٛاہتام پرژھان
احساۓسچ دگ چھَم سینۓ ژٹان



# ماجہِ ہٕنٛدِ ناوٕ (یتیمہٕ سُنٛد آلو)

چھُم دُعا چونٔے بہٕ چھُس مُری مُری زُوان
مأج ژٕے ہے آسہٕ ہم بوٚڈ سایبان
کس مَشن تِم نالہٕ مُتیٚ تِم ٹاٹھی ساتھ
چانٛژ اکھ اکھ یاد چھَم آبِ حیات
لوزٕ مأجی آسہٕ ہم دوہدِش کراں
شوقہٕ ییتھ آسکھ مےٚ جِگرُک رتھ وٕنٛدان
چون دوٗربر چھُم زرُن طوٗفان مأج
ژٕے ووٚمیدن آسہٕ ہم استان مأج
کتھ سنا سفرس گیگھ کُن پان ہیتھ
کتھ سنا سٔدرس شرٛپٔکھ ارمان ہیتھ
چانٛژ آلو مأج چھُس ژہتراں دوہے
چون راوُن چھُم یہِ وُچھ کوٗراں دوہے
باوٕ ہے ژٕلی از پنٕنٛژ دوکھ دأدی کاش
مأج بیٚیہِ وُچھِ ہتھ أچھن یِیہِ ہے مےٚ گاش
مأج بیٚیہِ کرتم یتیٖمس دُعایہِ خأر
چھوکھ وچھِکی بلراونس لگہِ ہے نہٕ تأر



# أسۍ آسۍ گُنِی

مےٚ چھُ از تہِ ژٕتٕس أسۍ آسۍ گُنِی
اسہِ آسۍ دِلن ارمان گُنِی
أسۍ آسۍ زمانٕچ شوٗب دوٕہے
اسہِ اوس پنُٕن استاں کنُے
رتہٕ ئرۍ گۓ کأتیا لأوۍ بدن
یمہِ لرِ ہٕنٛزٕ شیشو دارِ رچھاں
یتھ آنگن سبزارس ووٛند زوٗ
یمہِ تھرِ ہُنٛد اکھ اکھ گُل چھُ گواہ
أسۍ دارس کھأٮِلکھ ، موٗدۍ نہٕ زانٛہہ
نارس تے ترأوِکھ ، ڈٕدۍ نہٕ زنٛہٕے
اسہِ اوس وُٹھن پیٚٹھ میوٗٹھ اسُن
اسہِ اوس رگن منٛز خوٗن وُشُن
ولہٕ ویرو سرخم کوٚر پانے
پیٚتہِ کم کم ششدر گۓ حأران
مےٚ چھُ از تہِ ژٕتٕس أسۍ آسۍ گُنِی
اسہِ آسۍ دِلن ارمان گُنِی

یہِ چھُ سورگہٕ شہر ، یہِ چھُ سُے مالِکُن

ییٚتہِ از تہِ چھُ سُے توحید گرٛزاں

ییٚتہِ از تہِ چھِ وتہٕ ئِڈی پیٛالہٕ براں

ییٚتہِ لول چھُ اسہِ آئین پٔنُن

اخلاص چھُ اسہِ تہذیبُک دیُت

یُس یُس ییتھ آنس بُتھ چھُ وُچھاں

سُہ چھُ سانہِ امارِچ دژے ہاواں

اسہِ یورِ افروٗٹھ لوزِ کراں

ہرموٗکھ تہِ چھُ کوچھِ منٛز للہٕ ناوان

اسہِ بال پٔنٕنۍ گُلِ لالہٕ ونان

ڈٔریاو پٔنٕنۍ ژھاین چھِ وُچھان

مےٚ چھُ از تہِ ژٕتٕس آسی آسی گُنِی

اسہِ آسی دِلن ارمان گُنِی



# یتھ زُوِس منز

قرنہٕ پھِری گٔے کم سَمے بدلاں وُچھِم یِموے أچھو
کُن تہٕ کیٛول یتھ زُوِس منز گوٚو سبٕٹھا کالا مےٚ ووٚنی
از تہِ چھُس سونٛچان زِ یِمہٕ دیوار پزٔاٹھ نیرِ ہا
جیرِ آناں از تہِ سوداگر چھِ یِمہٕ ییٚتہِ پھیرٕ وٕنی
از تہِ کوٗراں چھَم یہِ تنہأیی پٔنٕن چھوکہٕ لد جِگر
چھُم گۄہے باساں پٔنٕن آسُن ، نہَ آسُن معنہِ روٗس
از تہِ چھُم ہمدم مےٚ باساں بس پٔنٕن اڑلیوٚک وجوٗد
از تہِ چھُنہٕ باساں کٔہنٛز بوزان نہٕ کانٛہہ کأنٛسے وُچھاں
قرنہٕ پھِری گٔے کم سَمے بدلاں وُچھِم یِموے أچھو
کُن تہٕ کیٛول یتھ زُوِس منز گوٚو سبٕٹھا کالا مےٚ ووٚنی

از تہِ بیٚیہٕ کرٛیشاں تِتھے کِنٛز ترٛیشہِ دامن چھُس افٕوٗہ
از تہِ چھُس ژھاراں تِتھے کِنٛز سوکھ تہٕ اکھ ابدی سکوٗن
از تہِ چھَم ہمرازٕ ہٕنٛز سبٕٹھٕے ویٚژھے سبٕٹھٕے تلاش
چھُم موژاں آخرمےٚ پنہٕ نُے نوٚن تہٕ چھوٚن پرٕژھیوٚن وجوٗد
نالہِ زأری ، وے وہلا ییٚتہِ نس مےٚ گوٚو وقتا کران

اربہٕ ئدی ہے دڑاے ییٚتہٕ کٔنہٕ آلوٕے کانٛہہ بوزِ ہے
کاش کانٛہہ پڑٕزِناوٕ ہے سُلہٕ باوِ ہے رٔنزٕ ناوِ ہے
قرنہٕ پھِری گٔے کم سَے بدلاں وُچھِم یَموے أچھو
کُن تہٕ کیوٚل یتھ زُوِس منٛز گوٚو سبٔٹھا کالا مےٚ ووٕنی

تارکو وٕنی تو سیارن کُن گرٛھن والین یہِ کتھ
اورٕ ییٚلہِ وسہٕ ہَن تہٕ وُچھِ ہَن پننہِ یتھ بُترآژ پٹھ
کانٛہہ منوشا ما چھُ لوٚگمُت قآد کُنہِ سٔدرس اندر
کانٛہہ مسأفر ما چھُ صحراون اندر آلو دِواں
یَمہٕ انان اسہِ أنہٕ پگاہکی أسی چشمن آیتن
تِمہٕ نجوٗمی ما گٔمتی دمہٕ پھُٹ ہجوٗمن منٛز ڈولان
بُستین منٛز ما چھِ سونٛچن وأری لُکھ پرٕژھینٚی گٔمتی
سونٛچنس زنجیر ما ذہنن اندر چھکھ پہرٕ در
یَمہٕ تہٕ اسہِ آزاد باساں تِمہٕ تہِ ما سأری غلام
قرنہٕ پھِری گٔے کم سَے بدلاں وُچھِم یَموے أچھو
کُن تہٕ کیوٚل یتھ زُوِس منٛز گوٚو سبٔٹھا کالا مےٚ ووٕنی



۱۹۷۷ء

# ازتام چھپیمژ کِتابہِ

۱) فتح کرٛال (تحقیق) ۱۹۷۳ء
۲) گاشہِ تارکھ (بچٔین ہِندِ خاطرٕ) ۱۹۸۴ء
۳) لاجواب (شعرٕ سۆمبرن) گوڈنیُک ایڈیشن ۲۰۰۳ء
دوٛیُم ایڈیشن ۲۰۰۶ء
ترٛیٚیم ایڈیشن ۱۸-۲۰۱۷ء
۴) کُلیاتِ رزاق ڈار (أکِس صوفی شاعرٕ سٕنٛز سۆمبرن) ۲۰۰۵ء
۵) نشاط انصاری (مونوگراف، ساہتیہ اکیڈیمی دہلی) ۲۰۱۱ء
۶) پرٛ بزٕلوٗنی تارکھ (نثرٕ سۆمبرن) ۲۰۱۳ء
۷) ہَن ہَن تلاش (دۆیم شعرٕ سۆمبرن) ۲۰۱۹ء
۸) کمرازٕ کۍ گُمنام شاعر (تحقیق) منسٹری آف کلچر نیو دہلی)
زیرِ اشاعت
۹) حرف حرف چھُ نعت خوان (نعتیہ سۆمبرن)
۱۰) کٕرِ وآلو حسینسؓ (حسینیؓ نظمن ہٕنٛز سۆمبرن)
۱۱) أسی چھِ پکھٕہکۍ پاسبان (بچن ہِندِ خاطرٕ)

